کتابہ ہند ناو پکان دور فلک
مصنف فیاض دلبر
گوڈنک ایڈیشن 2022
تعداد 500
مول 400
چھاپ خانہ meezan services
پبلیشر میزان پبلشز سرینگر
Meezan Publishers Srinagar
ISBN: 978-93-94247-53-6

یمہ کتابہ ہندء سرورقچ پینٹنگ چھیہ میانہ شریک
حیات مصور نسرین محسن بنآومژ تہ پینٹنگہ پیٹھہ
کنہ میون ناو چھ عالمی شہرت یافتہ مصور تہ
خطاط امروزن ' واریاہ وری برونہہ امریتا پریتم
ہندس وننس پیٹھ ڈیزاین کورمت ' بہ چھس یمن
دوشونی ہند شکر گزار ۔
بہ چھس منیب الرحمان ' محمد امین بٹ ' منظور
انجم' یاسین پنڈت تہ قاضی فراس سند تہ مشکور
یمو میآنی یہ کوشش رتھہ کھآجی ۔

یمن تحریرن ہندی کردار چھیہ پریتھ دورس منز اسہ اندی پکی لسان بسان ' لہذا ہیکو نہ یمن **قطعاً** تہ **فرضی** ونیتھ ۔

## اعجاز بانڈے سندء ناوہ

یسندس یتھ جوابس بہ از تہ پیاران چھس زہ میہ
ونیہ ہا تس کوسہ جلدی آسی ۔

# ادبی خاکہ : قریب قریب افسانہ

زندگی منز اگر میہ کنہِ چیزک افسوس چھہ، سہ چھہ میہ پننہِ یاداشتک۔ میون یاداشت چھہ ہمیشہ پیٹھہ کمزور تہ ژلہ ون رودمت۔ پننی یہے کمزوری مدنظر وون میہ فیاض دلبرس، یمس زبردست یاداشت چھہ بصری تہِ تہ لسانی تہِ، زتس پزن دوستن تہ واقعاتن متعلق پننی یاداشت رژھراونی یمن ہند سہ اکثر ذکر کران اوس۔ شروعات گیہ شورا بشیر سندِ شخصی خاکہ پیٹھہ۔ فیاضن یاداشت چھہ کمال، پیٹھہ چھہ سہ تیتھ کتھہ گورِس اکثر تھیکان تہِ چھہ تہ مبالغہ تہِ چھہ کران۔ کتھن مزہ کھالنہ موکھہ اگر ٹر تہِ وننی پینس، واے بر نہ۔ سہ چھہ پننہِ یاداشت کس وفورس انزی منزی گژھتھ ووٹہ تہِ تلان تہ زیو تہِ ٹاس کڈان۔ سہ چھہ اتھ پیٹھ پننی مخصوص چھاپ تراوُن یژھان۔فیاضنی یہ خوبی ژینی میہ گوڈنچ لٹہِ تمن ملاقاتن منز یم سرینگر کافی ہاوسس منز الغابہ سپدان آسہ۔ مگر تمن دوہن اوس نہ میہ یاداشت چہ اہمیژ ہند یوتاہ ظون۔ ملاقاتہ روزہ دلہِ منز تہِ کم کم مگر جاری تہ یور امریکہ یتھ گوو فون کہ ذریعہ فیاض نہِ امہ خوبی ہند زیادہ احساس تکیاز وونی اوس فیاض نظرن دور تہ صرف اوس فونس پیٹھ امی سند یاداشت بولہِ کران۔

ادب چھیہ تژھ اکھ انسانی کارگزاری یمیک تھر تہٕ یاداشت چھہ تہ نانک تہٕ یاداشت۔ یہ چھہ یاداشتےٚ ہِس فن پارہ تخلیق کران چھہ تہ یہ چھہ یاداشتے ہِس امیک فہم تہٕ عطا کران چھہ۔ یمن درمیان یوس لسانی ہیت چھیہ سو تہٕ چھیہ یاداشت کس زورس پیٹھے قایم تہ دایم۔ یاداشت، ادراک تہ تخیل یودوے تریہ الگ ذہنی عمل چھہٕ، مگر ادبس منز چھہ یم تریشوے اکھ اکی سند اتھہ رٹتھ فن پارچ قوت ہرراوان۔۔ یاداشت ورأے نہ ہیکہٕ سانی شخصیت بۄنتھ نہ تواریخ تہ نہ وقتک تسلسل۔ ادبچ چھیہ نہ کتھے۔ غزل ڈیفاین کرن چھہ آسان: وزن، ردیف قافیہ، دوٚن مصرعن ہنز اکایی، پانژھ یا زیادہ شعر تہ موکلیوو۔ منز کیا چھس، سہ اگر ڈنجہ رود تہٕ نہ، توتہٕ چھہ غزلے۔ امچ فارم چھیہ فکسڈ۔ اتھ برعکس چھہ افسانہ ڈیفاین کرن مشکل، تکیاز امچ فارم تہ امیک مواد دوشوے چھہٕ نہ ڈنجہ روزونی۔ اکہ دورک تعریف چھہ نہ بییہ دورکس افسانس پیٹھ فٹ بیہان۔ ییلہ نہ فارمے ڈنجہ رود، تعریف کتہٕ روز۔ بلکہ چھیہ حقیقت ز افسانس چھیہ نہ کانہہ فارم۔ یہ چھہ صرف اکھ صنف۔ میانہ باسٹن چہ اکہ مسماتہٕ مارتھا فولی سند ونن چھہ "اکھ بہترین افسانہ چھیہ اکھ کہانی یوس نہ زیادہ زیٹھ چھیہ تہ یوس پرن وألس یہ احساس دیہٕ ز سہ گذریوو اکہ یاد گار تجربہ منزی"۔ یہ مسمات کوس أس؟ یہ أس ادبی افسانہ کہ اکہ معیاری رسالہ "سٹوری" یچ بانی کار تہ تمہ علاوہ تقریبا 35 ہن ورین "بیسٹ امریکن شارٹ سٹوری" سلسلچ سیریز ایڈیٹر۔ یعنی امی سند کھیوٚن چیوٚن، ووتھن بہن، وتھرن اوس افسانہ۔ امی سندٕ کھوتہ کس ہیکہٕ ہے زیادہ بہتر پاٹھی افسانچ تعریف

کرتھ؟ یہ پیوم امہ کنی ونن ز فیاض دلبر سندی یم ادبی خاکہ اگرچہ بطور افسانہ وننہ یا پیش کرنہ چھہٕ نہ آمتی ، مگر یم چھہٕ نہ کنہٕ تہ لحاظہ افسانہ کہ صنفی میدانہ نیبر۔ پرن والی سند یادگاری تجربہ چھہ یہندِ تعلقہ تمن ہتہ بدین افسانن مقابلہ حقیقت یم ازکل لیکھنہ یوان چھہٕ۔

میأنس ریاست ماساچیوسیٹس اندی پکھی روزن واجنہٕ اکس فکشن نگار اینی پرولکس سند ونن چھہ ز امریکی افسانچ نو تعریف چھیہ یہ ز یہ چھہ زندگی، یاداشت یا ناولک اکھ اقتباس۔ حقیقت چھیہ یہ ز امریکی افسانن ہند اکھ بوڈ تعداد چھہ افسانہ کہ طور چھپان مگر ژکہٕ چھہٕ کنہٕ زیٹھہٕ فن پارہ مثلا ناولکی حصہ آسان۔ بہ کیاز چھس یم کتھہ کران؟ امہ کنی ز فیاض دلبر سندی یم تحریر چھہٕ تہ خاکہ مگر وارِیاہ کینہہ افسانک انداز تہ تھاوان۔ پرأنس زمانس منز اوس خاکہ صنفی طور لیکھنہ یوان یس وونی تقریبا مشراونے آمت چھہ، امہ کنی ز خاکہ بنیوو افسانہ کے حصہ۔ وارِیاہ افسانہ نگارو چھہ (مثلا چیحوف، منٹو، کامل) خاکہ پننس افسانس منز خوب ورتومت۔ امچ اکھ الگ صنفی ضرورت روز نہ سأنس زمانس منز برقرار۔ اگر خاکہ تہ افسانہ اکس لکیر ہندیزہ اند چھہٕ تہ فیاض دلبر سند "ماٹہ جاے پولکا "خاکہ کس اندس پیٹھ چھہ ، "ٹارزن ان پرتاپ پارک" چھہ بلاشک افسانہ کس اندس پیٹھ۔ اکھ چھہ بالکل اکھ شخصی خاکہ یتھ منز شورا بشیر سندس شخصیتس منز موجود قابلیت تہ غفلتک تضاد چھہ پیش کرنہ آمت تتھہ پاٹھی ز پرن وألس منز چھہ ہمدردی تہ احترامکیجذبہ پیدہ گژھان۔ بیاکھ چھہ اکھ ڈرامایی واقعہ تتھہ پاٹھی بیان کرنہ آمت ز تمام

جز بہاریؠ، کل، لوکن ہند ژر پوپ بیتر چھہٕ علامتی
معنی ین کن اشارہ کران۔ یتھے پاٹھی چھہٕ باقی
تحریر صنفی لکیر ہنٛدِ اکہ اندہ پیٹھہ پیٹھہ بییس
اندس کن پینڈلمکیؠ اکھ چکر اور تہٕ بیاکھ چکر یور
دوان۔ نہ صرف چھہٕ یم خاکہ، افسانہ نما خاکہ، بلکہ
ادبی ایسے تہ ادبی صحافتہ چہ خصوصیتہ تہِ پانس
منز ویپراؤتھ۔ کشیر ہندین مخصوص کردارن، جاین،
واقعہن، رسمن رواجن، عملن تہ ردعملن ہنز یہ
سلسلہ وار ادبی دستاویزپران پران چھہ وٹھن کمجار
تہِ گژھان تہ اچھ تہِ ادران۔ دلچ دبراے تہِ ہران تہ
ذہنس ووبۆدر تہِ ووتھان۔ ادبکیؠ متولی ییلہ کانہہ
ادب پارہ پران چھہٕ تم چھہٕ امچ اندرم شیچھ اکتھ کن
تراؤتھ امہ کس ظاہرس مینہ تول کران۔ گزگتی
لگاؤتھ، امہ کین اندن سیتیؠ اند رلاؤتھ ژھوچر زیچھر
مینان، امہ چین ٹیبن درسہ ڈنن دتھ امکیؠ زور
آزماوان، مگر حقیقی پرن وول چھہ لطف تہ تفریح
خاطرہ پران، زندگی ہندین تجربن ہنز رنگارنگی خاطرہ
پران، ادب پارہ کہ غیر عادی تہ غیر معمولی
ماحولس منز غوطہ لگاؤتھ کلہم پاٹھیؠ تازہ
احساسک تجربہ کرنہ خاطرہ پران۔
میانہ ریاست چہ ہمسایگی منز روزن واجنیؠ بیاکھ
اکھ مسمات لکھاریؠ، ادبی ایڈیٹر کٹرینا کینیسن
چھیہ ونان ز پرن چھیہ نہ معروضی بلکہ اکھ
موضوعی کارکردگی مگر تمہ باوجود چھہٕ اسی
سأری اکی مقصدہ خاطرہ پران: زندگی ہند سون علم
پرکھاونہ موکھہ تہ تتھ منز ہریر کرنہ خاطرہ۔ اگر
فیاض دلبر سندیؠ یم تحریردلچسپی تہ باریک بینی
سان پرنہ ین، میانہٕ لکھاریؠ کٹرینا سنز یہ کتھ گژھہٕ
درست ثابت۔ پکان دور فلک کین یمن ادبی خاکن تہ

قریب قریب افسانن منز چھہ اکھ شہر آباد، بلکہ اکھ وقت، اکھ نسل، اکھ تاریخ، اکھ تمدن آباد۔یہند ناسٹلجیا چھہ کینژ کالہ خاطرہ سأنس دلس تہ دماغس گاشراوان تہ ژیر تام اکھ پوشون وشنیر کران۔

تم وق تہ کراماژ اما کور سنا گے (کامل)

منیب الرحمن
ساوتھ ایشین سٹڈیز، ہارورڈ یونیورسٹی

2 نومبر 2021

# پکان دور فلک

سہ تہ اوس دور یلہ سرینگرک کافی ہاوس کشیرہ ہند ساروے کھوتہ بوڈ تہ منفرد سمن بل اوس۔ بہ

آسی پوت کل روزان ز کر بجن ژور تہ کافی ہاوسکی
بڑی بڑی گول میز تہ نریو روس کرسیہ ین
دآنشورو تہ قلمکارو سیتی برنہ تہ کنہ ٹیبلس پیٹھ
بہتھ میلہ اسہ تہ ہمسایہ دآری منز سپدن والہ
کلامہ سیتی مستفید سپدنک موقعہ فراہم۔ یمن
دوہن اوس اتہ زیوٹھ مس کرتھ اکھ نوجواناہ پانس
کھوتہ بجہ وآنسہ ہندن قلمکارن تہ دآنشورن ہندس
ٹیبلس پیٹھ بہتھ سگریٹکی دہی لمبکھ وڑاوان تہ
بڈء اعتماد سان کتھہ کران آسان ۔ میہ اوس یہ امہ
برونہہ معروف اخبار " سرینگر ٹایمز" کس دفترس
پیٹھ وچھمت مگر کتھ کرنک نہ اوسم موقعے
میولمت تہ نہ جرات کورمت' تہ کیازہ میہ آسی
آمی سنزن آچھن منز اکھ طلسمآتی کیفیت باسان
' کیاہتام پر اسرار شخصیت ۔ بیاکھ یس کتھ ونہ
نس ژورن جملن ہند استعمال کرہ ہا ' یہ شخص
اوس سہ کتھ اکھ نظر تھود تلتھ یا اکھ نظر پھرتھ
بیان کران ۔
دور فلک رودپکان تہ اکہ دوہہ نیناو میہ ز یہ کتھہ
گور تہ دلیلہ گور ' یس دون ژورن جملن منز تہ اکھ
افسانہ وونیتھ چھ ہکان ' چھ فیاض دلبر ۔ خبر دلبر
تخلص چھنا الغآبہ تھوومت کنہ اتھ پر اسرار
شخصیتس چھ کانہہ الہام سپدمت تہ چھم نہ پتاہ
مگر امہ کتھہ ہند چھم یقین ز فیاض دلبر چھ اِسْم
با مُسمّیٰ ۔ امی سنز بسیار پاسل شخصیت یس
بیک وقت اکھ شاعر' اکھ افسانہ نگار تہ فلم ساز
آسنہ باوجود پننہ اندازء' دلبری سیتی پنہ نین تہ
پردہن لولہ ہانکلہ گنڈتھ چھ تھاوان ' چھ دراصل
مزازء کنی اکھ شود کآشر ' یس ترییو دہلیوو پیٹھہ

قریب قریب افسانن منز چھہ اکھ شہر آباد، بلکہ اکھ وقت، اکھ نسل، اکھ تاریخ، اکھ تمدن آباد۔یہند ناسٹلجیا چھہ کینژ کالہ خاطرہ سأنس دلس تہ دماغس گاشراوان تہ ژیر تام اکھ پوشون وشنیر کران۔

تم وق تہ کراماژ اما کور سنا گے (کامل)

منیب الرحمن
ساوتھ ایشین سٹڈیز، ہارورڈ یونیورسٹی

2 نومبر 2021

## پکان دور فلک

سہ تہ اوس دور یلہ سرینگرک کافی ہاوس کشیرہ ہند ساروے کھوتہ بوڈ تہ منفرد سمن بل اوس۔ بہ تہ یلہ ورملہ پیٹھہ سرینگر کھسان اوسس میہ تہ

# فہرست

# ڈار بلڈنگ

گأو کدلہ پیٹھہ ییلہ اسی حبہ کدل کُن نیرو بڈی یا ر
یِش وأتتھ چھہ دُووٚت ۔اکھ وتھ چھیہ گنپت یار
منِدرس کُن کٔھسِتھ حبہ کدل واتان تہ بیاکھ یعنی
دۄیم وتھ تہٕ چھیہ حبہ کدلےٚ واتان ،مگر برییہ کُجوو
کنی نیرتھہ۔' اتھ سڑکہ چھےٚ نوسڑک ونان حالانکہ یہ
چھیہ وونیکیی حال پرانیمژ۔ بہرحال اتھ دُوٚتِس
پیٹھ چھیہ از تہٕ استادہ تکونی چالہٕ اکھ پرانیژُپور
عمارت، ڈار بلڈنگ۔ وارہ پاٹھی ہے انسان امہٕ عمارژ
ہنزحالژ سنہٕ،یہ باسہٕ یہے ڈایناسورسند أڈجہٕ کرنز
ہش۔ اکھ زمانا اوس ییلہ یہ عمارت پریتھ دوہہ
شامن باگی عجیب تہ دلچسپ رنگن منز رنگنہ یوان
أس۔ اتہ أس اکھ بدلے ووسہ دروسہ آسان۔ اکھ
بدلے عالم آسان۔
اتھ منز أسی کشیر ہندس تھیٹر مومنٹس سیتی
وابستہ اہم تہ نامی گرامی اسٹیج آرٹسٹ تہ ڈراما
نویس پننین تخلیقی کاوشن اندر مشغول آسان۔
اکس کُٹھس منز آسہن ٹھیٹھ ہندی یسٕ اندر موہن
راکیش نہٕ ناٹککی ڈایلاگ گریزان ، تہ دۄیمس منز
مرحوم غلام رسول سنتوش نہٕ کاشرٕ ڈرامہ
ہکی۔بییس کمرس منز آسہٕ ہا سجود سیلانی پننہٕ
ڈرامہ ہک سیٹ ڈیزاین کران، تہ ترییمسٕ منز آسہ
ہن بڈشاہ صأبنہٕ زمانکی پلو پوشاک سُونہ

یوان۔کل ملا کر أسی اتھ عمارژ منز اکہ زمانہ نصف درجن کھوتہ تہِ زیاد ہ شوقیہ تھیٹر گروپ سرگرم ۔ یمن منز نو رنگ ڈرامٹیک کلب، سنگر مال تھیٹر، سنگم تھیٹر،کمل تھیٹر تہ وسنت تھیٹرہوی گروپ قابل ذکر چھہِ۔

نو رنگس سیتی أسی بھوشن بے تاب، پیارے لعل ہنڈو، مرحوم نور محمد لون (یم أسی ریڈیو کشمیر سرینگرس منز اناونسر) عبدالرشید لنگو تہ سورگیہ اوم پرکاش در ہوی فنکار وابستہ۔ پی کے رینہ، کے کے رینہ، بھونیش رینہ تہ یوگیش مٹو أسی سنگر مالس منز۔ پران چندرا ، سجود سیلانی ، محمد یوسف شہناز، عبدالمجید خان، پران رگھو، مرحوم اسلم شیر خان تہ سورگیہ ورِیندررازدان( یمو Richard Attenboroug سنزگاندھی فلمہ منز مولانا ابوالکلام آزاد سند رول کۆرتہ مشہور ٹیلی ویژن سیریل مہا بھارتس منز ودھور سند کردار انجام دیت) ہوی کہنہ مشق تہ جنونہ والی آرٹسٹ أسی سنگم تھیٹرس سیتی وابستہ ۔ یتھے کنی أسی اتہِ وسنت تھیٹرس منز اشوک جیلخانی تہ اشوک زعفرانی ہوی کلاکار تہ کمل تھیٹرس منز سنتوش تِکو تہ رمیش رینہ ہوی تھیٹرکی ژکی در موجود ۔ عمارژی منز ییتیاہ تھیٹر گروپ آسنہ کنی أسی کینژس کالس لوکھ (کلاکار قسمکی لوکھ) اتھ تھیٹر بلڈنگ تہِ ونان، مگر یہ ناو ہیۆک نہ زیادہ مقبول سپدِتھ تہ یہ روز ڈار بلڈنگے۔ بہرحال ڈار بلڈنگہِ روز واریاہس کالس کشیر ہنزتھیٹر تحریکہِ باپت مرکزی حیثیت حاصل۔ اتھی عمارژی منز آو تھیٹر فیڈریشنک خواب وچھتھ سالانہ تھیٹر

فیسٹول منعقد کرنک بنیادی منصوبہ بناونہٕ۔ یہ
ڈرامہ فیسٹول رود واریاہن ؤرین سرکاری ڈرامہ
فیسٹول، مطلب ریاستی کلچر ل اکیڈیمی ہندس
سالانہ ڈرامہ فیسٹولس لرٕلۆر منعقد سپدان تہ
محدود وسیلہ آسنہ باوجود تہٕ اوس یہ سرکاری
ڈرامہ فیسٹول کھوتہ زیادہ معیاری تہ شوبہٕ دار ما
ننہ یوان۔
کشیرٕہندس تھیٹرس سیتی وابستہ نامی گرامی
فنکارن، اداکارن، لکھارین تہ دۆیمن تمدنی
والینڑیرن علاوہٕ أسی ڈار بلڈنگہٕ سیتی زہ اہم تہ
دلچسپ کردار جُڑٕتھ۔ اکھ گیو و امہٕ عمارژہند مالک
نور محمد ڈار تہ دۆیم خان اخترخان، ماہرِ امراضِ
جنسیات( پنن تعارف اوس سہ یتھے کنی دوان)۔
ڈار صأب أسی درمیانہ قدہ ، جسامژکنی تنووکھ،
بولان تیوت لوتہٕ تہ انکساری سان زٕ بوزن وألس
گژھہٕ ہا گمانہ زٕخبرٕ ایتھوپیا کین قحط زدن خاطرہ
ما منگہٕ چندہ۔ یم أسی ریاستی انتظامیہس منز
انڈر سیکرٹری سندس عہدس پیٹھ ریٹایر سپدمتی
تہ وونی أسی یادِ خودایس سیتی سیتیاتھ
ملکیتی جایدادس رأچھ راوٹھٕ کرنس منزے دوہہ
دوہہ گزاران۔ میہ اوس یمن وچھتھ کیا تام عجیب
ڈرامایی تاثر دِلس منز ووتلان۔ سڑکہٕ پیٹھ ییلہ یم
پکان آسہن میہ اوس باسان زٕ یہ چھہ کمہٕ تا م
کاشرٕ ریڈیو ڈرا مہک کردار اسکرپٹہ منزہ ژٕلتھ آمت۔
بعضے آسہٕ ہا یہ کرٕنٕ اچکن لأگتھ ، اتھس کیتھ
مۆٹ کاغذ فایلاہ ہیتھ تیز تیز امرا کدل کُن کھسان۔
میہ باسہٕ ہا امس چھہ کلیتاً ہایی کورٹس منز واتِن
تہ کتھ تام روٹہ گٕمتس کیسس کُھر کاسِن۔

دلچسپ کتھ چھیہ یہ ز میہ ییلہ تہِ ڈار صأب' ڈار
بلڈنگہِ منز اژان چھہِ وچھمتی یمن سٕلں پھیٚڑ کس
پیٹھ تولیہ ڈج۔ کیازِ؟ تہِ آو نہ میہ ونیک تام زانہہ
سمجھ ۔ وونی گۆو ییلہ تہِ یم پھیکس پیٹھ تولیہ
ڈجاہ تھوتھ میہ وچھ، میہ باسیوو ''از چھہ
جمعہ''۔ وو نی پرژھی زیو نہ کیازِ؟
بیاری سندی پاٹھی ہیرہ پاوین کھسنہ پتہ کرِہا
ڈارصأب اکہِ اکہِ تھیٹر والین ہندین دروازن لۆت
لۆت ٹھک ٹھک تہ منگہِ ہکھ کرایہ۔ یہ سٕلں پٕ نژہہ
پیٹھہ ژتجہی روپیہ تام آسان۔ ڈار صأبس أس نہ
بظاہر تھیٹرس یا یژھن تمدنی سرگرمین سیتی
کانہہ تہِ دلچسپی بلکہ ما آسہِ ہا دلہ اندری یژھن
دربدرین خلافے۔ ووں گۆو امہِ باوجود اوس سہ
عموماً ڈاربلڈنگہِ منز تھیٹر والہِ نے کرایہ در تھوان
یہ زأنتھ تہِ زیم چھہِ ژکہِ کنگال آسان تہ ریتچ کرایہ
دِنہ باپت چھہ یمو منزہ کانسہِ محمد یوسف
شہنازس یا سنتوش تِکس گرٕ رسٕز باپت دتمتین
پونسن 'جھول جھال 'کٔرتھ داہ اپزی پیوان وننی۔
یہ کتھ چھیہ دادس لایق زکرایہ منگنہِ ییلہ ڈار
صأب ییہ ہا سہ کرِہا نہ کُلیتاً تہِ تمہِ تھیٹر گروپ
کِس دروازس ٹھک ٹھک یتہِ تمہ وز رہر سل چلان
آسہِ ہا ۔ وونی ہرگاہ غلطی سببہ کنہِ یتھس
دروازس صدا دِیہ ہا تہ سہ ونہِ ہا یکدم معافی
منگنہ کس اندازس منز۔ ''کٔرو کٔرو تہی کأم۔ بہ
یمہ بییہ ساتہ۔''
میہ چھہ وارہ ژیتس ییلہ بہ سنگم تھیٹرس سیتی
وابستہ اوسس ۔ ڈار صأب ٹرکاونہ باپت لوگ اسہِ
وارِیاہ لٹہ أ کھتے رہر سل کُرن مگر یم أسی عارضی

ژھل آسان تکیاز ییلہ ڈار صأبس ژون پانژن ریتن کرایہ واتہٕ ہا نہ ،سہ اوس طریقہ سان دھمکاون تہ زانان ۔
''ٹھیک چھہ محمد یوسف صأب تیلہ سمکھو تتی ووِنیہ۔'' ( تسُند '' تتیہ'' لفظک مطلب اوس ظاہر عدالت یا پُلسہ تھانہ آسان۔) حقیقت چھیہ یی ز سلہٕ ژیری أسی سأری تھیٹر والی ڈارصأبس کرایہ ادا کران تہ اوہ کنی أس نہ " تتیہ" سمکھنس پیٹھ زانہہ تہٕ نوبت واتان۔ میہ چھہ یمہٕ کتھہٕ ہند تہٕ یقین ز ہرگاہ ڈار صأبس تھیٹرس یا ڈراماہس سیتی کانہہ تہٕ دلچسی أس نہ مگر تس اوس پتاہ ز یہ 'دربدری' چھیہ نہ آوارگی یا کانہہ قابل اعتراض سرگرمی بلکہ ما آسہٕ ہا وارہ وارہ تمس یہ تہٕ فکر توٚرمت ز اسٹیج ڈراما تہ اوپیراہس منزکیا فرق چھیہ آسان۔ ییتین چھُس بہ کینہہ ورِی برونہہ میہ سیتی پیش آمتہٕ اکہٕ دلچسپ واقعک ذکر کرُن ضروری سمجھان' یمیک تعلق ڈار صأبنس گرس سیتی تہٕ چھہ تہ تھیٹرس بلکہ فلم سازی سیتی تہٕ۔ اسی أسی اودھے پوررراجستھان کس سٹی پیلسس منز مہارانا اودھے پور، اروند سنگھ جی میوار سندِ باپت اکھ فلم بناوان۔ نصف راتھا آسہٕ ہا ، أسی أسی زونہ گاشس منز پیلسچ رونق فلماونچ کوشش کران ز میہ گیہ کنن کاشِر کتھہ کتھ ۔ زنی ژومبراہ أسی اسہٕ پتہ کنہٕ کھڑا " فلمہ ہنز شوٹنگ " وچھان ۔ یمو منزہ تروو اکی زورہ زورہ اسن کھنگالاہ تہ تمہٕ پتہ ووٚتھ باقین کُن :
" ونتویمس ارہ چأکس کیاہ ٗونیو ؟ یہ نا چھیہ نہ فیچر فلمہ ہنز شوٹنگ یہ گیہ ڈاکیو منٹری"۔

رژھہٕ کھنجہٕ پتہٕ لۆگ میہٕ پتاہ ژیم چھہٕ سٹی
پیلسس منز واقع کاشرس ہینڈی کرافٹ شوروم
CIEمنز سیلزمین تہٕ فیچر فلمہٕ تہٕ ڈاکیومنٹری ہنز
فرق سمجھاون وول شخص اوس ڈار بلڈنگہٕ ہندس
نور محمد ڈارصابن نیچو خورشید احمد ( ظاہر ونیون
پنن ناو یی)۔ میہٕ ڈۆپ اندری اتھی ونوہٕ کھارہ
وانہٕ تیمبر لارنی؟
ڈار بلڈنگہٕ منز آسہٕ تیمبرزوتان آسان خان اختر خان،
ماہرامراضِ جنسیاتس ' ییلہٕ سہٕ ڈار بلڈنگہٕ بۆ نمہٕ
ہیرنش کُرسی پیٹھ تاپس بیہہٕ ہا، کلس مایہٕ دار
ململ افغانی پٹھکہٕ دار دستار، نالیٕ زیٹھہٕ زیوٹھ
سیاہ قمیض یزارہ، زری دار سٔدریاہ، کھورن زربافتچ
تونتل گری گابی تہٕ اچھن گاگل، سہٕ روز ہا ڈار
بلڈنگہٕ کُن پکن وألس پریتھ کأنسہٕ شخصس نظرو
سیتی ایکسرے کران تہٕ بظاہر منہٕ اندری سونچان :
"یۆہے اکھ چھہٕ خریدار"
تھیٹر فنکارن ہندی پاٹھی اوس خان اخترخان تہٕ ڈار
بلڈنگہٕ ہند مستقل تہٕ کلاکار کرایہٕ دار۔ یہٕ اوس
عمارژ ہندس گوڈنکس پورس اندر اکس درمیانہ
سایزہ کس کُٹھس منز پننی بے صورت
خانداریتیٕ تہٕ آمہٕ گۆدود ہوی شری پانژہ مرہ ہیتھ
روزان ( یم شری أسی ہیرہ پاوین پیٹھ تتھہٕ کنی
پان ترأوتھ آسان ژانسان نے حیس کرٕ ہا یم گژھہٕ ہن
لتن تل۔) دپان خان اخترخان اوس دراصل گٹلی باغ
گاندربلک روزن وول مگر لوکن اوس یہٕ تاثر دوان
ژسہٕ چھہٕ افغانی تہٕ ونی ونی چھہٕ جلال آباد پیٹھہٕ
آمت۔ گاہ بیہٕ گاہ ییلہٕ تس نش ''پوشیدہ جنسی
مرضس'' منز مبتلا کانہہ بیقلا ییہٕ ہا اختر خان

اوس بییہ ہن تہِ کمامہ سان بیہان تہ تپارئ پکن
وألس کانسہ تہِ شخصس، سہ پتہ ادہ کُنہِ تھیٹر
گروپک کانہہ کلاکار أسئ زہا نتہ ادہ بلڈنگہ ہند
مالک نورمحمد ڈار، سلوٹ ماران تہ پننس امکآنی
خریدارسِ متاثر کرنہ کہ غرضہ تس سیتئ زیٹھہِ
زیوٹھہ خأرپاٹھہ چأرتھہ پننس مخصوص بناوٹی پشتو
اندازس منز بار بار پریژھان:
" خواجہ ! صحت کا حال چال کیسی ہے؟"
امہ پتہ ونہِ ہا پننس امکانی خریدارس ز ہے " یہ
وچھتھ نا ؟ یہ اوس ڈاکٹرعلی جانن تہِ تروومت مگر
چھیکرس کۆر میانئ کُشتن ٹھیک۔ ادہ یاد چھس۔
خواجہ بہوت مانتی ہے اخترخان کو ۔"
میہ چھہ افسوس ز وقتچیو واوہ ژنجیو راو روو یمن
سارنےتھیٹر گروپن ہند پے پتاہ ۔ غازہ ملہ مایہ کرنہ
باوجود روز ڈار بلڈنگ اندرئ اندری خستہ سپدان۔
فنکار ن لج چھگ ۔ اڈئ آورئ زندگی ہندئ لوہ
لنگرن تہ اڈئ وپھناوئ موجودہ حالاتو۔ نور محمد
ڈار صاب گیہ رحمتِ حق ۔ پتھ رود خان اخترخان
سہ آسہِ ونہ تہِ کُشتیے کنان۔ تمے ڈرامایی اندازکئ
پلو لأگتھ، تمے بناوٹی پختون لہجہ ڈایلاگ ونئ
ونئ۔ ووں گۆوکتھ تام نوس محلس منز کتھ تام نو
بلڈنگہ اندر۔

( )

# لولک نشانہ

1991-92 دوران أسی اسی کینژن ریتن پٹ پٹ گنج دلۍ اکس تتھس انتہایی تنگ تہ تاریخ کُٹھس منز کرایہ پیٹھ  روزان ہُس بہ بانگِ دہل سانہ تنگدستی ، لاچاری تہ بیہ بسی ہند اعلان کران اوس ۔ غریبی ہندین یمنے دوہن چھہ اکۍ دوہہ ژیری شامن باگۍسون اکھ ہمسایہ' پروفیسر موجمدار ژکھہ ہوت سأنس دروازس ٹاسرہارے ملوتھ کریکھ لایان۔
" مشٹر فیاض ہمارے ہاں آ پ کے لیے فون ہے ۔"
تہ امۍ پتہ پانس سیتی ووساے کران ۔" یہ لوگوں کو جرا بھی احساس نہیں ہے کہ کسی کے پی پی نمبر پر کب فون کرے، کب نہ کرے؟ "
بے شرم سندی پاٹھی دیت میہ موجمدارانکل نس اتھ کلامس گوش۔ اپزے آسن رکھا بتھس پیٹھ تھأوتھ ژاس تہندس ڈرائینگ رومس منز تہ تُلم فونک ریسیور۔

"ہے آداب عرض۔ بہ چھس ویر ... ویر کول۔" دۆیمہ طرفہ گیہ آواز۔
میہ تۆ گ نہ کلیتاً تہِ بوزُن زِ یہ کُس ویر کول چھہ۔
" کُسو یارہ ویر کول؟"
" شبن جی ین لوکٹ brother مہا را ۔" تمی کٔروضاحت ۔ میہ رٹ دندس تل زیو تہ پننہ غلطی ہند گوم احساس۔ ویر کول اوس شبن جی ین لوکٹ بوے۔ تمی سے شبن جی ین یس سانہ برادری ہندسِ دأیرس منز اکھ اہم جاے حاصل أس۔تمی سے شٔبن جی ین بوے یمی تمہِ زمانہ کس کافی ہاوسس منز ؤری وادن اسہِ سیتی لگ بگ پریتھ کُنہِ ٹیبلس پیٹھ کافی چیپہ۔اسہِ سیتی مرحوم علی محمد لون سند مقبول ریڈیو ڈراما ''میانہ جگرہ کہ دادِ ووتھ '' discuss کۆر۔ غلام محمد شاہ سندس سیاسی شعورس پیٹھ بحث لۆگ ۔ بہری کدلہ دستأرس نش سیکہ تُجہ تہ عالی کدلہ عمہ لالسٕ نش ہری سنہ کھیوو۔ تمی سے شُبن جی ین بوے یٕس رنگ منچ ڈرامٹک کلبک روح رواں تہ کاشرتھیٹر مومنٹک اہم حصہ اوس تہ یس باکمال اداکارن منز گنزران أسی ۔
شبن کول اوس شکل وصورت تہ مزازہ کِنی اکھ تیتھ خوش رو نوجوان یمس ازیچہ مغرب زد ہ زبانی منز 'cool dude'ہیکو ناو تھوتھ ۔ قد آور ، اتھہ کھورہ مظبوط، آریایی نسلہ کس نستہ خنجرس سیتی سیتی بتھس پیٹھ مغل منیچر ٹایپک نفیس ریشہ خطاہ، وٹھن پیٹھ اکھ مستقل آسن رکھ تہ جوانی ہندس اتھی دورس منز واژ کافی ہاوس شیچھ زِ شبن جی کۆرکھ صوو ؤ

ایڈمٹ۔ حقیقت چھیہ یہ زاسۍ ژۄل بڑ بڑ اسُناہ نیرتھ تہ باسیو زخبر کتھ تونژھۍ پیٹھ چھن یہ ڈراما لوگمت۔ رژھۍ کھنجۍ پتے ییلہ اسی تس نش صورہ میڈیکل انسٹی چیوٹ واتی ' سہ اوس ہشاش بشاش بیڈس پیٹھ بہت۔ اسۍ وارڈس منز اژان وچھتھ ژۄل تس تہ بڑ بڑ اسُن نیرتھ تہ سانۍ کینہہ وننہ برونہہ وۄتھ۔" مدر ہند مۄن چھم پے تۄہی کیاہ ونیو۔ تۄہی چھوہ خبیث۔"

میہ ژۄل ہکہ نیرتھ ۔ ''ووں ونتا سیۄد ہہرا قصہ کیاہ چھہ ؟'' تمی تروو گوڈنکہ کھوتہ تہ ہنا بڑ پہن اسُن تہ لۄگ اسۍ سارنے تبراہ پرنۍ۔ امہ پتہ کینژ دوہی کھولکھ سہ گرہ مگر ہفتہ یا دویہ ہفتہ پتے نیوکھ بییہ واپس ہسپتال تہ پتہ واژ شیچھ زشبن جی سپدیو۔ تس آسہ دوشوے بوکہ وچہ خراب گمژہ۔

تۄہۍ باسۍ یہ عجیب مگر یہ چھہ پزر' میہ گیہ شبن جی ینی نفرت ۔ میہ کھۄر سہ ۔ تس پزہا نہ یتھہ کنی نیرن' یتھہ کنی اسۍ تارنی۔بہ گوس نہ تسند گرہ نہ گوسس آورینہ پیٹھ ۔ میہ وچھ نہ تس کتھہ پاٹھی آو داہ دنہ۔ میہ وچھہ نہ ییلہ سہ اسہ نش الگ گۄو تمۍ وقتہ أسا تسندس بتھس پیٹھ سو اسن رکھ کنہ نہ؟ تہ پتہ گیہ وارياہ ؤری ' اسی أسی کتۍ تام سالس زشیچھ واژبھابی چھیہ صدر ہسپتال ایڈمٹ ۔ تس چھیہ خونچ ضرورت تہ گروپ چھس بی پازیٹو۔ کتھۍ کڈ ہ گینی گوڈہ ۔ بھابی گیہ شبن جی ینی موج۔ تس أسی پننین شرین سیتی سیتی تہندی یار دوست، ساری محلہ والی تہ زانی کار بلکہ ظاہر پنن خاند ار تہ بھابی یی ونان۔

میہ چھہ خونک گروپ بی پازیٹوے، لہذا گوس بہ
کُنی دوٚ ہسپتال تہ دیتم خونہ پوینٹا اکھ ۔ تمہ پتہ
ییلہ بہ بھابی نش وارڈس منز ووتس، میہ وچھتھ
دیت تمہِ لرِ پھیرٕن تہ میہ کُنِ تھر کٔرتھ وٕزھ لوٚت
لوٚت " پرانیو نبا چھہ غلط ووٚنمت. دپان یارس موج
موٚیہ تہ لُکہ ارساتھا ۔ یار مود تہ کُنہِ نہ کانہہ۔"
اتھی سیتی ییلہ بھابی یہ ووٚنکھ زِ بہ چھس تہندِ
باپتھ خون دِتھ آمت سوٚ پھیری وارہ وارہ میہ کن۔
اتھس منز روٚٹنم اتھہ تہ ڈوٹھ ہیو اوٚش ہاران ہاران
ووٚننم۔ " پتاہ چھیہ ؟ ووٚنی ہبا ووٚتھہ بہ۔ ووٚنی ہبا
گژھہ بہ ٹھیک ۔ووٚنی آسیم نا رگن منز چوٚ ن خون ۔
"
روٚ ب سند کُرن بھابی گیہ ٹھیک تہ لج برونہم پاٹھی
زندگی ہندس لوٚہ لنگرس۔ پتہِ دراس بہ کشیر تہ
ووتس دلہِ۔کینہہ ورِی گیہ۔ بٹوٕکر کشیر پیٹھہ ہجرت۔
لارکی لگی دار تہ دارکی لار تہ میہ تہِ روو شبن
جی نس گرس سیتی رابطہ تہ از اوس خبر کژ
وہری۔میہ ہنگہ تہ منگہ ووٚنی شبن جی بن لوکٹ
بوے ویر کول فون کران۔
" یہ نمبر کتہِ سا میولے ژیہ؟ "
" خبر حض کمی چھم دیتمت؟ " ویر کولن زنتہ
ووٚ ن ژٹون ہیو۔
''ادہ سا تہ بھابی چھا ٹھیک؟'' میہ پرژھس تہ
ویرکولنی آواز ہیژن گوبنی ہش۔
" توے کوٚرموٚ فون۔بھابی سپدییہ۔ ونی ونی اوٚڈ گا
نٹا گوٚو۔ مگر تُلون پگاہ۔ اسی چھہِ شاہ پورِ جٹ
گامس منز کرایہ بسان۔ لیکھیو ایڈریس۔ سُلی پھن
یزیو۔ بییہ ہرگاہ وتہِ سمکھووہ کانہہ سہ انزیون

سیتی۔"
بہ دراس کالے۔ شاہ پور جٹ کین بد مزازہ گورین
ہندس اکس بیہ وطیرہ کرایہ کٹھس منز اوس ویر
کول پننہٕ ماجہ ہندس شوس برونہہ کنہٕ کُنے زون
بہت۔ کوٹھین منز کلہ ژھنتھ، بھابی ہندِ شاندہ
طرفہ او س پرون پلمہٕ بورمت ژونگ ' زنتہ
زبردستی دزون روزنچ کوشش کران۔ بہ بیوٹھس
ویرس دچھنی کنی۔ سریہجو اچھو میہ کُن اکھ
معنی خیز نظراہ تراونہ پتہ وول تمی طاقچہ پیٹھہ
اکھ پرون ٹیپ ریکاڈرِ تہ اسی دوشوے رودی راتی
راتس بھابی ہندس شوس برونہہ کنہ کرشن جو
رازدان سنزی لیلا بوزان۔
" سمرن پننی دیژونم لولک نشانہ ویسی یے
رھژراون توگم نہ، رووم، اوسم نہ بانہ ویسی یے "
گاش پھول تہ بیہ ز ہ ژور زنی پییہ وأتتھ۔ ۔ احمد
آبادہ پیٹھہ آیہ شبن جی ینی ہمشیرہ تہ ژھنِ میہ
نالس تھپھ۔" بھابی ہندِ داہ سنسکار تہ پوزایہ خاطرہ
گژھی اسہ گور کاشر آسُن۔"
ادہ کیاہ، چھس بہ نو دلہٕ ہنز عالی شان پمپوش
انکلیو کالونی منز اکی سے اکی سے پنڈت صأبس
گورہ سند پے پتاہ پرژھان مگر کانہہ اکھاہ تہِ چھہ
نہ مٹہٕ ہیوان ز تم کیازانن کأنسہ گورس۔ بلکہ باسیو
م تمو لأج میہ یہے پرژھہ گأرہش کرنی۔ اڈی أسی
میہ مشکوک نظرو وچھتھ منہٕ منز یی سونچان ز
اما یہ کاشر مسلمان کیازگورس ژھانڈان۔اڈین اوس
ظاہر میانس ڈیکس پیٹھ ISIمارکہ تہِ بوزنہ یوان۔
بہر حال یتھہ تتھہ ییلہ مسجد موتھ علاقس منز
اکس گورس تام ووتس' تمی آون میأنس مسلس

وارے کھُر۔میہ ہیرہ پیٹھہ بوٚن تام نظرا کۆرتھ
ووتلأون پننس بتھس پیٹھ دھرم گرو شنکر آچاریہ
سند ی ہوی تاثرات تہ ووٚننم۔
" وچھ سا مولا۔ تویہ ازیکین لوکن ما چھُوہ
دھرمس، شاسترن، ریتی رواجن تہ پرمپراہن سنہ
نک پتُر۔ نتہ کیا چھہ اتھ کُرن آسان۔ معمولی
سامگرہ چھیہ اننی۔ کژ تام شلوک چھہ پرنی۔ جان
گیوو ہرگاہ وونی یمہ کامہ پانے أسھو اند واتناوان ۔"
میہ آسہ ظاہر وونی کنہ پھیژہ تام ووشلیمژہ ۔ کجہ
زیو ووٚنمس۔" بہ مہارا چھُس مسلمان۔"
تس بیڈھ زنگن لور ژنڈ ہش۔ اتھس کیتھ تلمت سہ
کپرہ بیگ تروون ٹاس کۆرتھ پتھر' یتھ منز کینہہ
سنسکرت کتابہ آسہ تہ امہ پتہ لأگن میہ سیتی نہ
ینکی مختلف بہانہ کرنی۔
"میہ ہسا مولا پانس شریر ناساز۔ بلڈ چھم
تھدیومت ۔ پیٹھہ مان ساٚ بجر۔"
میہ ما پییہ ہا یا تہ سہ کھکھر پانس سیتی کڈن نتہ
ما نیرہ ہا مایوس گژتھ خالی اتھو، تسنز جوان کور
نے مداخلت کر ہا۔ تمہ نیو سہ اندرمس کٹھس منز۔
لٚوت لٚوت ووٚننس کیہتام تہ سہ گٚوو راضی ۔
دگرنس باگی واتنأو اسہ بھابی صفدر جنگ
شمشان ییتہ تس داہ دنس دوران ریش دراز کاوج
اکیسے اکیسے ا کے کتھ ونان اوس ۔
" کشمیری برہمن بہت ہی اونچی ذات کے ہوتے ہیں
۔ان کا کریہ کرنا ہر کسی کے بس کا نا ہے۔ راجیو
گاندھی کا کریہ بھی ہمارے ہی ہاتھوں ہوا۔ آپ نے
دور درشن پر نہیں دیکھا اس دن۔" کاوج او س
پھریپھری اتھی کتھہ ووج دوان۔ ژینتایہ ہنز

ریہہ أ س رژھۍ رژھۍ ہُران تہ بہ اوسس اندری سونچان کاش از شبن جی زندہ آسنٕ۔ پانے بوزہ ناوہس شاستر۔

()

# ماڑہ جاے پولکا

زیرو اِ ن ریستوران والیو کھول کوکر بازر ما یسمہٕ
1976 آس پا س پننٕ برانچ۔ ناو تھووہس پو لکا ۔ پو
لکاہک وجودس منز ٕین زنتہ سانہٕ پرانہٕ محلہ کس
کاوہ آنگنس منز عیذ دوہہ شامن وگنیو ٕتلی لولہ
ہرئ ۔ وچھان وچھان بنیوو یہ انتظار حسین سنز
ناولہٕ' بستی ہند ہوٹل شیراز ۔ میا نین ہمعصر
ارسرین، فنکارن تہ لکھارین ہنزماڑہ جاے۔ مہربان
صأب زنتہ امہٕ ماڑہ جایہ ہند مونو گرام، کونہ تلہ
کس ٹیبلس پیٹھ کھوورس اتھس کیتھ چایہ پیالہ
تہ دچھنس کیتھ غزل یا نظم ہیتھ ۔میہ تہ مہر بان
صأبس سیتئ سیتئ یم دٕویم یار دوست پولکا ہس
منزبیہان أسئ‌تمن منز أ سئ غلام رسول (یمن
ساری یار دوست 'جے کے ' ناوئ زانان چھہٕ)، کشن
کاو، وجے کول، شفیع ساگر، جاوید آذر،ا عجا ز با
نڈے ، غلام نبی بابا، ظر یف احمد، شبیرشایق،
امرجیت سنگھ سا گر، روف عارف شاہ گڈو، شکیل
الر حمان ،گڈو سنگھ کاشمیری،سجاد حسین، اشرف
لنکر، شفہ صأ ب بیترٕ شامل۔
پولکاہچ حالت أ س یژھ ٕز سانین یمن دو ستن تہ
بییہ محکمہ آبپاشی ہندینٕ دوٕن ژون ٹھیکدارن
ہریمانہ ہرگاہ کانہہ تہٕ دٕویم شخص غلطی سببہ
اور اژ ہے تس زنتہ رٹہن ژور ہانژ ۔ شامہ ژھاین
یتھے ملون گژھان أس ماسٹر اسد اللہ ہس اوس
'ڈرییور ' پو لکاکین ہیرپاوین کھالان۔ ماسٹرجی
چھہٕ گلو کار تہ کم قلیلا ہ چھہٕ معر وف تہٕ ۔ زینہ

گری چھہٕ یم أچھ ہندِ گاشہٕ نش محروم لہازا اوسکھ
پریتھ ساتہٕ کانہہ نتہٕ کا نہہ اتھس تھپھ کر تھ
پکناوِن وول سیتی آ سان، یمن ماسٹر جی 'ڈرییور'
ونان أسی۔ ڈرییور یتھے ماسٹر جیس کنہٕ خالی
ٹیبلس تام واتناوان اوس، ماسٹرجی تلہِ ہے بأ تھ:
"پر یشان رات ساری ہے ستاروتم تو سو جاو
سکوت مرگ طاری ہے ستارو تم تو سو جاو "
یہِ أس پو لکاچہٕ محفل سماعچ شرو عات آسا ن
کاونٹرس پیٹھ بہت ریستورانکس مألکس، جنت۔
گارگڈی پولکا ہس ووٚ تلہِ ہے وٹھن پیٹھ عجیب
اسن تراپاہ ، منزہ منزہ ژلہِ ہس بے وایہٕ پأٹھین
ووشاہ تہِ نیرتھ۔ ۔ کا نہہ تہِ اکھاہ دیہٕ ہے
ماسٹرجیس تہٕ تہندس ڈرییورس باپتھ چایہٕ ہند آڈر
تہٕ محفل واتہِ ہے تیلہِ اند بیلہِ ما سٹر جی یہٕ بأتھ
تلہِ ہے :
" ضایع متہٕ کر تم ٹأٹھ جوانی
ژیہٕ ہا چھے میانی درے
دمدارہ یارو سمسارفانی
ژیہٕ ہا چھے میانی درے"
میہٕ گووٚ سیٹھاژ یری احساس زِ سہٕ اوس مایوسی
پیدہ کرن والین یمنے دون بأتن درمیان پو لکاہس
منز اژان، یا مأنتو ڈرامایی اندازچ انٹری نوان ۔
کپروجولناہ نالی ، دچھنس اتھس کیتھ واٹر کلر پیڈ
تہٕ کھووراتھہٕ پننس سینس پیٹھ تتھہٕ کنی تھأوتھ
زنتہٕ دلچ دبرارے ژیننی آسہٕ ہس ۔اژان اژانے ییہٕ ہے
سانس ٹیبلس نکھہٕ تہٕ گژھہٕ ہے اسہٕ منز کانسہٕ
اکس سیتی تہِ شروع۔ " ونو ہیا ژُرہ دلا؟" امہِ پتہٕ
وہو ہے کاغذ تہٕ نیہِ ہے کأنسہِ اکی سند تہِ اسکیچ

یا پوٹریٹ بنأو تھ ۔ رنگ یا بر ش نے جو لنہ منزہ
نیرہنس، ژ نہِ پھلیسے ہیہٕ ہے کأم ۔سگر یٹ بٹن
ہندی فلٹر چایہ پیالس منز کڑوی تہِ اوس فن
پارہ تخلیق کران۔ بعضے تھوہے تصویر اڈلیچ تہ
کاغذ وٹان وٹان ونہِ ہے :" بہ تر ے گو ڈہ اپور،
ایگزیبشن گراونڈ تامتھ ۔ باقی گٔوو اورہ یتھ۔" - امہِ
پتہ نیرہے پولکا ہ منزہ زیچھہ زیچھہ لا نپہ مینان تہ
پتہ تہ ییہ ہے نہ ریتہ وادن اتھی۔ یہ اۆ س شورا
بشیر۔ پر اسرار شخصیت تھون وول مۆت فنکار،
زبردست فطری مصور، مر ژہ گۆر،یسندین واٹر
کلرلینڈاسکیپن بین الاقوامی سطحہ کین معیارن
تہ تقاضن پیٹھ وترنک بتر حاصل چھہ۔ (امہِ کتھہ
ہند اعتراف چھہ ہندو ستا نکی با لغ نظر نقاد شری
کیشو ملکن تہِ کینژن تنقیدی مضمونن منز
کۆرمت۔)
شورا بشیرنین فن پارن ہنز سارو ے کھوتہ بڈخو بی
چھہ رنگن تہ رکھن ہندہ کم کھوتہ کم استعمالہ
باوجود کنہِ کنفیوژن تہ کمزوری و را ے مکمل
اعتماد ہ سانۆ پریتھ جز، پریتھ علا مژ ہند حتمی تہ
واضح آسن۔ یۆہے عبوراوس امس مجسمہ سازی
پیٹھ تہِ حاصل۔ نودلہِ ہنز دھومی مل آرٹ گیلری
منز مو جود شورا بشیرسندین فن پاۆرن ہند خزانہ
چھہ از تہِ تسنز فنکارانہ عظمژ ہند بۆڈ ثبوت۔
کتھ وژھ فن تخلیق کرن والس پیٹھ تہ وۆاژ یہ
بازرس منز کنن والس تام ۔ شورا بشیر ہیوٚک نہ
زانہہ تہِ پانس مارکیٹنگ کرتھ۔ نہ اوس تس بازرک
ظون، نہ پننہِ مولک۔ لو کھ آسی تسندی فن پارہ
تس تحفتاً ہیتھ قیمتاً کنی کنیکھیوان ۔ یموے تس

نش رکھ دنیٚ تہٕ رنگ استعمال کرنیٚ ہیچھ تموے
نیو سہٕ ابنارمل ڈکلیر کرتھ ۔ پولکا ہس منز بیہن
والیٚ اسیٚ ساری رودیٚ تس محبت تہٕ کران تہٕ گاہ
بہٕ گاہ تسنزعأبتھ غأبتھ تہٕ کران۔تسندس قابلیتس
واہ واہ تہٕ کران تہٕ تسنزن حرکژن پیٹھ تس ٹسنہٕ
تہٕ ژٹان ' ہزل تہٕ کران تہٕ پننہٕ ضرورژ مطابق پننہٕ
باپتھ تفریحک سامانہٕ تہٕ تسیٚ منز ژھانڈان۔میہٕ
چھہٕ ثیقہٕ یقین زہر گاہ شو رابشیرس یہٕ پتاہ اوس
نہٕ ز زیچھہٕ لانپہٕ مینان مینان پیاریٚ سہٕ پکان
اوس سہٕ اوسا پلوووم کنہٕ وونتیٚ پور، شالہٕ ٹینگ
کنہٕ کھیے ٹنگن مگر تس اوس یہٕ ضرور فکرتران ز
سہٕ یُس تہٕ قدم تلان چھہٕ سے چھہٕ غیرشعوری
طورتسندِ استحصالک وجہٕ بنان۔تس اوس یمہٕ کتھہٕ
ہند تہٕ احساس ز تسندِ حصہٕ کس تاپہٕ دوہس چھہٕ
کانہہٕ نتہٕ کانہہٕ پننہٕ مصلحژ ہند دانہٕ ہوکھناوان۔
تس اوس یہٕ سورے کینہہٕ فکرِ تران مگر سہٕ اوس
گۆش دوان،کتھ کھیوان تہٕ اندریٚ اندری اسہٕ سارنے
پیٹھ اسان، اسن کھنگالہٕ تراوان۔ ماٹہٕ جایہٕ یعنی
پولکاہس منزتسنز اہمیژ ہند احساس چھہٕ یتھ کتھہٕ
منز ظاہر ز سہٕ رود ہمیشہٕ اسہٕ سارنے 'منزس'
موجود ۔ پننہٕ موجودگی منز گیوو أسیٚ تھے، پننہٕ
غیر موجودگی منز تہٕ اوس سہٕ اکثر اسہٕ اندیٚ
پکھیٚ آسان ۔اکھ وقت اوس ز سانس گروپس منز
گژھیٚ زیے کتھ کوہ قاف پیٹھہٕ شروع یا برمنگم
پیلس پیٹھہٕ،ختم گژہے شو را بشیرس پیٹھ ضرور۔
'وچھتہٕ وونیٚ امس پاگلس کُن، یوتاہ talented مگر
حاصل؟ '
یہٕ چھیہٕ حقیقت ز شورابشیر ہیۆک نہٕ مادی طور تہٕ

کینہہ کمأوتھ یہِ تسندیٚ باقی ہمعصر تہٕ تسندِ
کھوتہٕ کم قابلیت تھاون والیٚ دۆیم فن کارپرأوتھ
ہیکیہ ۔ وجہ چھہ ظاہر یی زِ تہٕ ہیٚوک سہ سرپھہ
ڈاکٹر بنتھ تہٕ نہٕ اوس سہ داستان گو ۔ تس کتہِ ییہ
ہےؚ26 جنوری باپتھ tableau بناونس مزہ۔ تس کتہِ
تگہن ' رشیدہ کی کشیدہ کاری' باپتھ رومانوی
شاندہ گنڈین پیٹھ پوشہ تھرِناونہِ ' لہازا رود سہ
لۆب کن، الگ پاٹھیٚ پننس تخلیقی دنیاہس منز
مست، اکھ الگ تہٕ منفرد پہچان بر قرار تھوتھ۔ تہٕ
چھیکرس ییلہِ پولکا ماسٹر اسد اللہ ہن آخری بأتھ
تل، آخری ویداکھ دیت، ما ٹہٕ جا یہٕ لج چھگ۔
پولکاہکین ٹیبلن پیٹھ بیہن والیٚ اسیٚ ساری آیہ
چھکرنہ۔ اڈیو ہیژلیف، اڈیٚ ژایہ چلس، مگر سہ رود
میانیٚ پاٹھیٚ لانپہ مینان، وتہ مانڈان تہٕ گۆوو اکہِ
دوہہ رحمتِ حق مگر تتھ منز تہِ تھأون پننی
انفرادیت باقی، پننی ذات الگ!
()

# یم چھہ سأری سانی بتھی

ونپوہ(کشیر)زنتہ أسکھ ہتہٕ ؤرش بونی پرأٹتھ انمژ
تہٕ یہے واتنأومژ جمنا پار' پٹ پر گنج (دہلی) ۔ یہ

أس کاکنی۔ اصل ناو اوسس دھن وتی۔ (یس
یقیناً وونی تس مشتھ آسہ ہا گومت تکیازہ تس
اوس پریتھ کانہہ کاکنی‌ناو ے ژھاران تہ گاران۔)
وأنس آسہ ہس تقریباً تقریباً نمتھ۔ تھاوی توون یہ
أتی اکھ منٹ....
برجستہ آمژ بادم پھلیہ ہند تصور گیو تیلہ مکمل
ییلہ سلام کاک بڈ تُلہ موراہ اتھس کیتھ ہیتھ بادم
واو منز سپاہ سالار ہیو کھڑا آسہ ہا ۔ (سلام کاک
اوس ہارٹیکلچرمحکمس منز باغوان تہ سرکاری
ملازمتکی ساری وری أسن بادم وار منزے
گذارمتی۔) تھاوی تون سلام کاک تہِ أتی....
شیخ محمد عبداللہ ہن کو ر انتقال۔ ڈس کشیردرا ے
ماتم کران۔ دلہِ پیٹھ واتی پرایم منسٹر تہِ تہ
پریذیڈنٹ تہِ ۔ملکی تہ بین الاقوامی میڈیا تہِ آو
ژیستھ تہ فوجی اعزازہ سان آو مرحوم سند
جسدِخاکی تہنز آخری آرام گاہہِ تام واتناونہ
۔واویلاکس اتھ ماحولس منز لوکن ہنز حالت ،
تہندی جذبات تہ آہ وزاری وچھتھ وچھ میہ وارِیاہ
غیر ملکی نامہ نگارتہِ (یمن منز بی بی سی لندنک
اکھ نا مور انگریز النسل نمایندہ تہِ شامل اوس )
ڈوٹھ ہیو اوش ہاران تہ دوکھ زدن سیتی پننی
ہمدردی ظاہر کران۔اتھ موقعس پیٹھ ییلہ
پولوگراونڈس منز اکی (دوکھہ لد) نوجوانن پانس
زدہ کوب کرتھ تقریباً خودکشی ہنز کوشش کر ییہ،
نامور بی بی سی نمایندین کڑگوڈنچ سٹوری فایل ۔
خبر پھہلے یہ ز مرحومس ییہ قبر پیٹھ فوج کہ
طرفہ 12ہن توپن ہنز سلام دنہ۔ نسیم باغ گوو
وونی عزادارن ہند لوکہ ہجوماہ تتہِ نس تعینات

فوجی جوانن اندی اندی جمع۔ ظاہر چھ زیمن سارنی انتظار توپن ہنز سلامی وچھنکھ ۔ خبر آے ز فوجن کۆر کینژو وجوہاتوکنی توپن ہند پروگرام عین مو قعس پیٹھ ملتوی۔ جواناہ ( دۄکھہ لد جواناہ ) پرژھی‌تن اکس فوجی جوانس۔" فوجی **بھائی** توپ نہیں ' چھوڑے ' گا اب؟ اب کیا ہے؟ چھوڑو نا ۔ خدا قسم بہت شوق ہے توپ دیکھنے کا۔"
(بی بی سی نمایندن آسہٕ دۆیم سٹوری فایل کرمژ۔)
ونپوہ پیٹھہ یلہ کاکنی دلہ واژ، تس اوس نہ یہ تہٕ پتاہ زیتکی لو کھ چھہٕ نہ کاشر بولتھ یا سمجتھ ہیکان ۔بلکہ اوسس یہ یقین زییلہ ذیلدار سلر (پہلگام) کاشر بولہٕ ، یم کیاز بولن نہ؟ ذیلدار سلر سند معاملہ چھہ یتھہ پاٹھی زدپان ییلہ پہلگام اکس ہندی فلمہٕ ہنز شوٹنگ دوران فلم ایکٹر راجیش کھنہ سنز گاڑ سیتی کس تام مقامی لڑکس ٹاس آو تہ لوکو راجیش کھنہ گیرس منز نیو تہ اتھی اندر ذیلدار سلر جاے موقعس پیٹھ ووت تہ لۆگ راجیش کھنہ ہس کیہہ تام کاشری پاٹھی‌پرژھنہٕ، یتھ پیٹھ لو کو وۆنہس "یہ نا حض چھنہ کاشر کران" ۔ ذیلدار سلرس کھوت خشم تہ وۆننکھ '
" ییلہ ذیلدار سلرکاشر کو امس چھا پراہ؟" بہرحال راجیش کھنہ ہن بول نہ کاشر زانہہ مگر دلہٕ منز روز کاکنی پریتھ کانسہٕ تأمل،تلیگو، ملیالم،بنگالی، گڑوالی تہ خبر کس کس زبانہٕ' دروا اپارٹمنٹ (Apartments Dhurva) منز
یوٚ ن تہ نیرۄن کاشری پاٹھی پرژھان۔ " کیاہ بی آیکھہ؟ کیاہ بی درایکھہ؟ " اکہ دۄہہ آیہ کاکنی میہ

نش تہ پر ژھنم ، " ژیئہ مہ ہا پتاہ ہُونزا کتۍ پیٹھہ نیرانِ گاڑی؟"
''کوٚت ؟ '' میہ کھییہ کھریکھ تہ کاکنی لج میہ فکرِ تارنۍ۔
" ہُونزا ہہا؟ سہ چھہ گلگت کنی۔کیاہ ونے تیلہ نینس تمی پننی سورگہ واسی مہرازن تور۔سہ اوس نا ہا انجنیر۔ دورس پیٹھہ اوس۔ بہ نیہ نس سیتی۔ امیر ہونزاہن کور تتۍ سال۔ کمہ ضیافژ رنناوین۔مگر میہ کھیومے نہ ماز تتۍ....."
گریشمہ ژھٹن منز النہ تہ ولنہ آمژ دلۍ اندر روز واریاہس کالس میہ کاکنی ونپوہ تہ ہونزاہس متعلق خبر کیاہ کیاہ تفصیلات دِوان ۔ تسندی کنی اوس ونپوہ دنیاہک ساروے کھوتہ اہم تہ بستھ گام تہ ہونزاہ سارویے کھوتہ بوٚڈ تہذیب یافتہ ' ملک' اکھ سہ شاہانہ تہ شایستہ ملک' ییتۍ تہندس سورگہ واسی مہرازس شاہی مہمان بننک شرف حاصل سپدمت اوس۔ کاکنۍ لوٚگ معمولی دب تہ تتھی سیتی درایہ یمہ دنیا .. یتھ کتھۍ گینی کڈنہ وِغیر ۔زآیا سو کیاأس ببیہ ہونزا ہ گژھن یژھان؟
نوٚو کدل چوکس منز ییلہ بی ایس ایف والیو بنکر بنوو ،کینۆ دوہہ پتے وچھ محلہ والیو سلام کاک ژوو ژوو بنکرس منزاژان تہِ بنکرس منز موجود فوجیس سیتی کیہ ہہ تام سُسر گسرکران ۔گوڈنچہ لٹۍ کریوو یہ سارویے نظرانداز ے، مگر دوٚیمہ تریمہ لٹۍ اژنہ بنیوو سلام کاک پورہ محلہ چین نظرن منز مشکوک ۔مگر یمۍ برونہہ تہندس ڈیکس ' مخبری' ہنز لیبل لگۍ ہے ، بجلی کوٹس چسپاونہ آمتس فہرستس منز تسند ناو شامل گژھہ ہا تہ

لوکٕہ اخباراتن ہندِباپت سہ اکھ بٔ ڈ خبر بنےٚ ہا ،
کینژو محلہ زٹھیو کٲورمعاملس تحقیقات کرنک
فاصلہ تہ بیہ شونکی پاٹھی لأگکھ محلکی کینہہ
نوجوان سلام کاکس پیٹھ نظر گذر تھاونچہ کامہٕ۔
دپان اکہ دوہہ یتھے سلام کاک بنکرس منز ژاو یمو
نوجوانو لوگ نیبری کن دین۔ سلام کاکن کلام بوزتھ
گژھی تن سأری حآران۔ دپان تس اوس پانژٕ روپین
نوٹاہ اتھس کیتھ تہ سہ اوس فوجی جوانس پانژن
روپین خاکی سوتی موزہ کننس پیٹھ آمادہ کرنچ
کوشش کران۔ مگر فوجی اوس نہ پنداہن روپین اکھ
روپے تہٕ کم کرنس تیار۔ واریاہ دوہی ییلہ میہ الگ
پاٹھیسلام کاکس نش ملٹری والی سندِ سوٚتی
موزچ کتھ تُج ،تمی تروو معتبر آیہ اسناہ تہ ووتھم۔
"کینہہ نبا راے أسم عقلمند چھکھ .ژہ تہٕ دراکھ بے
عقلے۔ میہ کیاہ اوس امی سنز موزہ زچہ کرن؟ تہٕ
کرتھ چھہٕ یم لاچوکہ تہٕ میلان۔ دپھ امہٕ بہانہ
اوسس امس سیتی زان پہچان کرنی یژھان۔ہتھ
حساب چھہٕ آسان۔ تاہ بالا چھہ، کرفیو' کریک ڈاون
چھہ۔ محلس منز گژھیا کأنسہ اکس بنکر والین
سیتی علیک سلیک آسن کنہ نہ... وونی گٲوو یمن
چھکھ یم سوتی موزہ تہٕ کمالکی دتیمتی آسان۔
دار چھہ یمن نیران، ووشنیر تہ چھکھ سخ آسان۔
مان سا یم چھہٕ خالص سوتکی آسان..." سلام کاک
رود میہ واریاہس کالس سوتی موزس متعلق خبر
کیاہ کیاہ ونان تہ بہ رودس تہنزن بتھہٕ چین گنین
منز تہنز اصلیت ژھانڈان۔

()

# ببربیول

ببربیول ژھانڈان ییلہ بہ کناٹ پلیس پیٹھہ
پرانہٕ دِلہ ہندس کوچہ چپلانس منز ووتس میہ أسی
کاشر حکمت کین تمام نسخن تہ گرہ کلی علاجن
ہنز نفرت گمژ بلکہ اوسس منہ اندری تمام حکمتس
تہ جڑ ی بوٹین فاش پران۔ مسلہ اوس نہ زیمن
بازرن منز آسہٕ ہا نہ ببربیول دستیاب۔ مسلہ اوس
یہ زمیہ اوس نہ یہ پتاہ زببربیالس کیاہ چھہٕ اردو
پاٹھی ونان ، لہذا اوسس وانہ وانہ یہ ووميد ہیتھ
پھیران زکنہٕ نتہ کنہٕ دکانس پیٹھ گژھیم یہ نایاب
شے درینٹھی تہ دپہ دکاندارس : " **بھائی** صاحب
اس میں سے ایک پاو دینا۔"
بہرحال اتھی دربدری اندر یتھے میہ کوچہ چپلان
کہ ژُوتہٕ پیٹھہ واپسی کن قدم پھیری بتھہٕ کنہٕ کہ
النور ہوٹلہ منزہ دراو وردی پوش ویٹراہ دوران
دوران تہ گۆو میہ برونٹھہ کنہ مہلک ہیو کھڑا ۔
" آپ کو ہوٹل میں صاحب بلا رہے ہیں۔"
عام حالاتن منز ونہ ہا بہ امس ، کسو یارہ صاحب ؟
یا کرہ ہا پرژھہ گاٗر۔مگر ببربیالی اوسس نہ بہ تتھ
لایق تھوومت۔ ادہ کیاہ النور ہوٹلک بہرہ برونہہ
برونہہ تہ بہ پتہ پتہ، تنگ تہ تاریک ہیرہ کھسان

کھسان پیٚوو میہ یہ کاشر ڈوٚپ یاد زٕ' " ناو کہیے
چھٕہے؟ نور ! تہِ چھہ بتھہِ تلے ننان۔" یہے عملاہ
مانیہ تو اَس اتھ ہوٹلس۔ ویٹرن نیو ژورمہِ پورہ
کس اکس کمرس ٹھک ٹھکاہ کُرتھ تہ بر ووٚتھ
گژھنس پیٹھ کوٚرن میہ اندر کُن اژنک اشارہ ۔ یمہ
برونہہ بہ کھیمہ ہا کانہہ کھریکھ مسواک ہیو نفراہ
گژھیہ تن کھیہ لد شستر پلنگہ پیٹھہ تھوٚد وتھتھہ۔ :
"ہتا یارہ ووٚنیہ کتھہ سا پریزناوہم از ۔ یتھ گوٚو نا یی۔
دپھ اسہِ پہچونکھ ژورو پورو پیٹھہ، سہ تہِ لوکہ
" ارساتس منز۔
تازہ تازہ مأنز سیتیہ رنگنہ آمتس ریشہ خطس تل
ووٚتلیہ وارہ وارہ اکھ ووٚزج نارہ چپاتھ ہش
تصویر۔دوہ پونشہ کشیر ہندین سیاسی تہ انتظامی
حلقن منز سرگرم روزن وألس الف بے صأبنیہ
تصویر۔الف بے صاب أسیہ اکہ زمانہ (ییلہ بہ کشیر
منز صحافتس سیتیہ وابستہ ا وسس ) میہ نش
پننیہ اخباری بیان ہیتھ یوان یم اکثر یا تہ راشن
گھاٹن پیٹھ ناقص توٚملس متعلق آسان أسیہ نتہ
بجلی تہ آبچہ ویژھیہ متعلق۔ اتھیہ اندر آیہ اکس
مکس صأبنیہ حکومتاہ تہ الف بے صأبن کوٚڈ کاڈ ۔
یہند ناو ہیوٚتن حکمران پارٹی ہندِ صدر دفترہ پیٹھہ
سیکریٹریٹ تام تمام اہم ایوانن منز گریٚزن۔( امہ
کتھہِ ہندعوا أسیہ یم پانے کران ۔ ییلہ زن لوکن ہند
و نٕن چھہ یہ اوس محض اکھ گپ تہ حقیقتاً اوس
نہ الف بے صأبس اکس دون منشٹرن تہ
ممبراسمبلین علاوہ حکمران جماژ منز کنہی اکھ تہِ
زانان۔) بہرحال دربار مٕو اوٚس گوٚمت سیکریٹریٹ
اوس جوٚمہِ تہ حکومتن کوٚر اعلان زٕ

سرکاری ماشٹرن ہنزہ کژ تام ہتھ خالی جایہ چھیہ پرونۍ۔ بس لوکہ ارساتھاہ ترۍ تن کشیرپیٹھہ ووزم وورد کُرتھ دیار ہیۍ ہیۍ جوٗم' شرین باپت نوکریہ ملی ہینۍ۔ دپان یم رود ی دوہہ وادن سیکرٹریٹس تہ منشٹرن ہنزن کوچھن گتھ دوان تہ اتھی منز سپد اکہ دوہہ یہ ژ الف بے صاب أسی کِسۍ منز کوینڈر سگریٹاہ رٹتھ سیکریٹریٹ گیٹس نیبرہ کنۍ استادہ تہ اندرہ دراو تمہ زمانک ایجوکیشن منسٹر کارِ منزہ ، منسٹر صأبن رکاوہ نأو کار الف بے صأبس برونہہ کنۍ تہ شیشہ وولُن بوٗن۔ الف بے صأبن ژأنی کارِ ہنزدارِ کنی گردن اندر ۔ دوشویو کٔر رژھۍ کھنجۍ کیہتام کنہ پھسراریاہ تہ ادہ کیاہ ! منسٹر سنز گاڑی روانہ سپدانی لاگی تن نوکری ژھانڈنۍ آمتی لوکھ الف بے صأبس تھپہ تھپ کرنۍ۔ امہ پتہ لوگ الف بے صأبن پیر مٹھا علاقس منز باضابطہ دربار تہ کینژن ریتن رودی لوکھ اتھ دربارس منز یتھ نوکری ہند درخواست تہ ہدیہ جمع کران۔ یمن درخواستن ییلہ چٹہ گے الف بے صأبن تۍ دیت ڈنگ۔

امہ واقعہ پتہ واریاہن ورین دراو نہ الف بے صأبس کانہہ پے پتاہے۔ تہ اتھی منز آو میون دوستاہ اکھ ناسک پیٹھہ۔ یہ اوس مہاراشٹرس منز مقیم کس تام سرکردہ کاشرس ایکسپوٹرس سیتی کیہتام کارہ بار کُرن یژھان ۔دوشوے أسی امچی منصوبہ بندی باپت کشیر ترۍ متی۔ دوستن نیوس بہ یہ دپی ژ تۍ زبردستی امی سندس ملاقاتس ۔اسی ییلہ نگین ہاوس بوٹس منز ژاے، ' تاجر صأب' أسی امہ کس چھتس پیٹھہ سن باتھ کران۔

سانی کتھہ کتھ بوزتھ یتھے یہ تھۆد وۆتھ میہ
وچھ گوڈنچہ لٹہ ز ووشلِنس کتھہ کنی چھیہ تمنی
تاوِ ہنز ملون مشکوک بناوان مگر یمہ برونٛہہ بہ
ہاوہ ہا کانہہ ردِ عمل الف بے صأبس ووتلیہ اکھ
عجیب اسن ترایاہ بتھس تہ اعتمادہ سان وۆتھ میہ
کن کاشرِ پاٹھی۔ "بوز سا بایا منس منز اوس میہ
کیہتام شک۔ باسان اوسم ژیہ ہیو کانہہ دوستاہ ییہ
بتُھہِ۔ اکھ پونسہ تہِ چھمے نہ اوے ونہِ رۆژمت۔"
النور ہوٹل کس کھیہ لد پلنگس پیٹھ چھکرتھ
مختلف اردو تہ انگریزی اخبارن منز کشیر متعلق
خبرن أسی تمی ووزجہ میلہ سیتی نشانہ تراومتی،
یمن کن وچھتھ بہ رژھا غوطن گوس تہ پرژھمس '
" یہ کیاہ؟"
الف بے صأبن کر ی پننین وقتہ برونٛہہ بڈیمژن
اچھن منز اۆش رکاونچ اکھ ناکام کوشش تہ تمہ
پتہ وۆتھم لۆت لۆت۔ "حالات چھکھ نا وچھان۔
سیاستس کتِہ رود وونی سہ مزہ۔ وونی چھسے
ییتھی کُٹھس منز بہۃ خبراہ وبراہ پ رتھ ٹیٹھ موران
۔"
وونی أسس اۆشس باضابطہ دار لجمژ۔
" تہ اوزکہ ؟" میہ پرژھمس۔
الف بے صأبن ترو زیٹھہ زیوٹھ ووشاہ۔ "اوہ منزہ
منزہ چھہ دال ژۆٹاہ سوزان۔"
تہ امہِ پتہ کھولن دروازہ تہ میہ اچھ ناٹاہ ہأوتھ
لأین بون کن کریکھ۔ : " علیم **بھائی** دو سپیشل
مارکے۔ مولا نے آج آپ کی سُن بھیجوایو۔ ذرا **ملائی**
لی۔ معاملہ انہیں صاحب کے ہاتھ میں ہے۔"
میہ پرژھمس اچھو کھوریو زیہ کیاہ ؟

الف بے صأبن وۄ ن لۆت لۆت۔' "ببربیول تہ بییہ کیاہ ۔ امہٕ سیتی روزیس وونی ریتھ کھنڈ ٹھنڈک۔"
ہہ گوس حیرتن تہ الف بے صأبن نیو مزید اۆش وسنہ برونہہ پنن بتھ اخبارن منز ژور تھاوتھ ۔

()

# ٹارزن اِن پرتاپ پارک

مرشد آباد بنگالس منز وۄتھ اکہٕ وریہ زبردست قحط تہ اتکی عام لوکھ لگی تتہ پترین۔ بنگالہ تہ بہارہ پیٹھہ پییہ بدمعاشن ہنزہ مختلف جماژ اور وأتتھ تہ لوگکھ یمن بوچھہ ہتین ہند مختلف طریقو استحصال کُرن۔ خوبصورت خواب ہاوی ہاوی نیکھ یمن بچارین ہنزہ ماجہ بینہ دلالن کٕنتھ۔ سیدین سادن مردن دِتیکھ روزگارکی وعدہ تہ مختلف دور دراز علاقن تہ ریاستن منز واتنأوتھ

لأگکھ بیٚ گاو ۔ اتھی زدس منز چھہ یوان مصطفیٰ
ناوک اکھ سیۄد سادہ شخص ۔ وانسہِ یۄہے
ژتجھی پانژتأجی ہیو، تہٕ زبان زانان صرف بنگالی،
سہٕ تہِ سوبنگالی یوسہٕ صرف مرشد آباد کین
کینژن دیہاتن منز رایج چھیہٕ۔
مرشد آبادکس مصطفیٰ ہس چھہٕ نوکری دنک وعدہ
دتھ کُس تام بنگالی ٹھگ بہارہ کس کستام
ٹھیکدرس حوالہ کران تہٕ سہٕ ٹھیکہ در چھ امس
واتناوان سیدِ سیۄد لسجن سرینگر تہٕ کران کستام
سیر بٹھہٕ والس سپرد۔ ریتھ جوراہ چھہٕ مصطفیٰ
ہس سیربٹھس منز کأم کرانٕ گذر ان تہٕ ادہ چھس
یہٕ سمجھ یوان ژتسندی مو زور پونسہٕ چھہٕ بہارک
ٹھیکہ در گوڈے رٹتھ فرار سپدمت، تہٕ سہٕ چھ شین
ریتن پیٹھ بیگار آمت لاگنہٕ ۔ پردیسس منز پریشان
حال مصطفیٰ ہس آیہٕ فرسٹیشن تہٕ پانی پانس
اناپ شناپ بکان ووت لسجنہٕ پیٹھہٕ پرتاپ پارک ،تہٕ
پارکہٕ منز أژتھ رود رژھہِ کھنجہٕ پانسے سیتی کیہتام
ولٹہٕ سیزہ حرکتہٕ کران۔ وق اوس یۄہے دپھرک ہیو۔
آ، بسکو سکولس کیاہ أس ونہٕ چھٹی گژھنے۔ پرتاپ
پارکہِ منز موجود لوکو اندرہ گے کینہہٕ نفر مصطفیٰ
ہس اندی اندی جمع۔ سہٕ اوس وونی پرتاپ پارکہِ
منز موجود اکس تھد س پھریستہٕ تہرس کن مدے
گنڈتھ بنگالی پاٹھی بڈِبڈِ کیہتام گیوان۔ ظاہر ما
آسہِ ہا یہٕ قاضی نذرالاسلام سند کانہہٕ انقلابی
بأتھ، نتہٕ ادہ بنگالی لوکہ شاعری ۔ سہٕ رود بڈِ ہٹہِ
واریاہس کالس زنتہٕ ویداکھ دوان، مگر اچھ آسس
ونہٕ تہِ پھریستہٕ کس تہرس کن درس ژ اتھی منز
ووتھ کستانی صأحباہ تس کُن کاشری پأٹھی۔

" پھریستس تگیہ کھسٕن دیدء ؟ "
خبرٕ مصطفٰے ہس کیاہ پیٚوو پلہِ؟ ادہ کیایہ کری تنٕ
گیٛون بند تہ لاگی تن یا شاہ کٔرتھ پھریستس کھسٕن
تہ لوکھ کری تن زورہ زورہ ژرپوپ۔ یہ تہِ گٔوو ہیور
ہیٚورکھسان تہ بونہ تہِ گٔوو تماشہ بینن ہند تعداد
ہران ۔ ووٕنی أسی پرتاپ پارکہِ ہریمانہ مولانا آزاد
روڈ تہ ریذیڈنسی روڈ کین فٹ پاتھن پیٹھ تہِ لوکھ
جمع گمتی تہ اتھی منز گے بسکو سکولس تہ
دٔویمن نزدیکی تعلیمی ادارن چھٹی۔ ادہ کیا وچھان
وچھان گٔوو لوکہ ارساتھاہ جمع۔ ٹریفک گٔوو بند۔
اخباری فوٹو گرافروو تہ رپورٹرو رٹ پوزیشن۔ بہ تہ
میون دوست فوٹو جرنلسٹ معراج الدین أسی امہِ
زمانہ مقامی اخبارسرینگر ٹایمزس سیتی وابستہ،
لہذا أسی اسی دوشوے تہِ بہ شانٕ جم جاے
وقعوعس پیٹھ موجود ۔ مصطفٰے اوس پھریستس
ہیٚور ہیور کھسان ، تماشہ گیر ن ہند تعداد برابر ہران
تہ معراج الدین کیمراہک فریم بدلاوان بدلاوان بار
بار اکوے جملہ دہراوانٕ۔ "اسہِ چھہ زوم
(zoom) کمزور۔کژلٹہِ ووٚنم یمن (دفتر والین) جان
پہن زوم لینز (zoom lens) أنیو ، ادہ کیوتھ؟ "
مصطفٰے اوس ووٕنی واقعی پھریستہ تہرس پیٹھ
ووتمت ۔ تماشہ گیرو منزہ اوس وارِیاہن لوکن
امس متعلق ووٕنی تشویش تہِ ہیٚوتمت گژھن ۔
وارِیاہ لوکھ أسی اہنز اتھ حرکژ پیٹھ مختلف دلیلہ
، وجہ تہ جواز تہِ دنہِ بیٹھی متی ۔ اتھی منز پیٚوو
پولیسس تہِ پنن رول تہ فرض یاد۔ پلسہ والی داہ
مرہ ژایہ پارکہِ منز۔ دون ژون نفرن دتِکھ ڈنڈہ ٹاس
پونشہ، تہ پھریستس نکھہ وأتتھ لگی کلہ ہیر

تھرس کن کُرتھ امس رعبہ داب کرنہٕ۔مگر مصطفےٰ
ہس گے نہٕ گرین تہٕ۔ نتہ گوس یہ احساس ز ہیی ہے
بون ہے ووتھس نی تن شوٹھس رٹتھ ۔
ہپاری گۆوو کستام پلسہ والس تہٕ معاملہ چہ ،
نزاکژٕ ہند احساس تہ تمی نی پننی حاکم اعلیٰ
حالاتو نش با خبر کُرتھ ۔ وچھان پیہ بڈی
پلسہ جماتھاہ ہیتھ ایس پی صأب تہ دویم حاکم تہٕ
وأتتھ ۔ وایرلیس سیٹن(wireless sets) پیٹھ ہیتکھ
اتھ معاملس متعلق اورہ یور پیغام سوزنی تہ
بیٹھی امس بہ سلامت بون والنکی مختلف تدبیر
ژھانڈنہٕ۔ حد چھہ یہ ز کس تام پرأنس تہ تجربہ کار
پلسہ والی سندس ونس پیٹھ آو سلہ گاڈہ تہٕ ناد
دِتھ انناونہٕ۔ یم حضرت أسی لالچوکہ شامن باگی
ریڈس پیٹھ تُلتھ گاڈہ کنناں۔ ہنا أسی رعب دارپھن۔
ظاہر آیہ توے یھندی خدمات حاصل کرنہ۔بہر کیف،
سلہ صأبن کۆر حالاتن معاینہ،پھریستہ تھرس
اویزان مصطفےٰ ہس کن ترأون درتھ نظراہ۔ چندہ
منزہ کڈن سگریٹ ڈبی، یتھ اکھ زہ سگریٹ اڈہ
وتھی تھأون تہ یہے پھریستہ کس گوڈس نش
تھوان تھوان لأین ہیور کن تس کریکھ۔ : " بادشاہو
آجاو ۔ دم مارو دم کرتے ہیں ۔"
ہیردژ مصطفےٰ ہن پنزی سندی پاٹھی پھریستہ چہ
اکہ لنجہ پیٹھہ یبیس لنجہ پیٹھ ووٹھ ۔ یہ وچھتھ
کھیوو عام لوکن سیتی سیتی پلسہ حاکمن تہٕ
دِلس تراس تہ سارنی ژول اکی وز نیر تھ۔"
ہُووووو ! "
ایس پی صأبنس ونس پیٹھ آیہ فایر سروسکی
جوان بم گاڈی تہ اکھ زیٹھ ہیر ہیتھ مگر بیہ سود۔

یہنز ہیرگے پھریستس ژھۆٹ تہ مصطفے' یٚس یہنز
یہ ژھرٹہ ژھرٹ پھریہ س تہیس پیٹھہ برابر وچھان
اوس زنتہ گۆویہنز ناکامی پیٹھ خوش ۔تمی تٕج
بییہ اکہ لنجہ پیٹھہ بییس لنجہ ووٹھ ۔ بییہ کھیۆو
دِلو تراس ۔ ایس پی صأبن دیت بم والین حکم زِ تم
چھکن امس پاپیہ سیتی آب۔ مگر بم والی أسی وٚنہ
پاپہ وہرانے زِ اورہ پیۆو فایر سروس محکمک بۆڈ
افسرا وأتتھ تہ کۆرن بم والین سخ رعبہ داب تہ
وۆتھ ایس پی ہس کن۔' "یتھین حالاتن منز ہکیو نہ
اسی امس آب چھیکتھ ۔ ہرگاہ امی کھریکھ کھییہ
تہ یہ پیۆو بون، اہندِمرنچ ذمہ داری کس کھسہِ؟
نتہ گۆو دِین اسہِ تحریری آڈر۔"
واریاہس کالس لو گ ایس پی صأبن تہ فا یر
سروسکی زٹھی تکرار تہ بحث۔ اتھ دوران رودی
تماشہ بین تہِ کیہتام کریکہ ناد کران۔ مولانا آزاد
روڈ اوس ووِنی پورہ پاٹھی ٹریفکہ باپت بند آمت
کرنہ ۔ پلسہ کین افسرن تہ ضلع انتظامیہ کین
حاکمن أس ہپاری دۆیم پریشانی یہ زِ ووِنی اوس
دفتر بند کرنک وق ووتمت تہ سکریٹریٹہ پیٹھہ
أسی چیف منسٹر پننہ کوچھہِ پیٹھ ترنس تیار تہ
وتھ أسکھ یہے۔ لہذا لگی تم بلو پیٹھی بیر تہ بیرو
پیٹھی بل کرنہِ ۔ رژھہ کھنجہ واتی تن چیف منسٹر
سند کاروان تہِ ریذ یڈنسی روڈ۔ لوکن ہندس
ہجومس آیہ دچھنی کھووری چھگ دنہ۔ چیف
منسٹر سنز کار یتھے پرتاپ پارکہِ نکھہ تل واژ، امچ
رفتار سوتییہ۔ کارِ ہند شیشہ وۆتھ وارہ وارہ بوٚن تہ
چیف منسٹرن ترأو پھرستہ تہرس اویزان مصطفے
ہس کُن اسہ ونہِ ہونجہ نظراہ ۔ اسہ(اخبار والین)

پیہ نظر تہ گے دوان تہ لاران اتھ موقعس پیٹھ
تسندی تاثرات ریکارڈ کرنہ۔چیف منسٹرن پرژھ اسہِ
اورے سوال ۔ " کیا سا ووتھ نا یہِ ...... ہند ونہِ؟
خیر اسہِ کیاہ کرِپانے وسہِ، مہی ہے ٹوپہ دی دی
نانی ژیتس پاونس۔"
اتھی سیتی گوٚو چیف منسٹر سند کاروان تہِ روانہ
تہ افسرو تہِ تروو پھریکھ ہیو ۔ ظاہر باسیہ ہیرہ کنہِ
پھریستس پیٹھ برنزس کھنڈس مصطفے ہس تہِ
پننی اہمیت کم گژھان۔ بہرحال، دلچسپ چھہ یہ ز
گأنٹہ کھنڈی۔لگی پھریستس پیٹھ مصطفے ہس
پزی پاٹھی ظاہر مہی تہ سہ ووتھ چوں چرٲں کرنے
وارہ وارہ پانے پھریستہ پیٹھہ بون ۔ بونہ ژھنس
پلسن گیرہ تہ نیوکھ لتھہ کھوکھر کوچھہ باغ
تھانس پیٹھ ۔ پتہ پتہ أسس لوکہ جماتھاہ ‘ " ڈسکو
ڈسکو " ونان تہ ڈانس کران ۔ راتی راتس امس
انٹروگشین کرنہ پتہ یوسہ کہانی برونہہ کُن آیہ
تمچہ تارہ آسہ مرشدآباد پیٹھہ لسجن تام وہرتھ۔
کینڑوہی وچھ میہ پاکستانکس سرکردہ اردو اخبار
نوائے وقتس منز اتھ واقعس پیٹھ مصطفےٰ ہُن
فوٹو گراف ہیتھ رپورٹ چھپیومت۔ سرخی أس ہس
دژ مژ‘ "بھارتی مقبوضہ کشمیرمیں ٹارزن نمودار"
میہ ژلہ ہا اسن نیرتھ مگر معراجس پیہ فوٹوس
پیٹھ نظر تہ تمی وون بییہ اکہ لٹہِ' وچھتہ
کیاگوٚوپاور فُل زوم آسن ۔ تہ بہ گوس غوطن تہ
کیازِ فوٹو گراف اوس معراج دین سندی اتھکھ تہ
تلہ کنہ اوسس لیکھت ' تصویر ۔ بہ شکریہ سرینگر
ٹایمز ۔

()

# در سلطنتِ یار اندر

بڈشاہ صأبنہ ڈُمٹھہ اکنے پہن چھہ شروع گڑھان
مہراج گنج، کشیرہ ہند اکھ اہم تاریخی تجارتی
مرکز، تھوک کارہ بارچ اکھ بارستہ منڈی ۔ تہ بڈشاہ
صأبنہ ڈُمٹھہ تہ مہر اج گنج چہ اتھ ہول سیل
منڈی اکن پہن ، وازہ پورس نکھہ چھہ " یار أند ر "
(نہ 'یار اندر' اوس) ۔
اکھ منٹ گوڈہ بوزیٚ تو یہ ز یاراندر کیاہ گیوو؟
مہراج گنجس تہ وازہ پورس درمیان ژوپاسے رہایشی
مکانو سیتیٚ ولتھ کنال شیہ مرہ خالی تہ بظاہرغیر
آباد زمین ژوکلاہ، اتھیٚ أسیٚ ونان یار اندر ، سہ یار
اندر یس کشیرہ ہنز بدوٚن سماجی زندگی ہند اکھ
أنہِ اوس ، اکھ تیتھ أنہٕ یس پریتھ لحاظہ سانہ

مزازچ، خلوصچ، کردارچ، سیزرچ پزرچ تہ مژرچ
عکاسی کران اوس۔ شہرس منز گژھی زہے کُنہ تہٕ
جایہ کُنہ تہٕ ناگہانی بلایہ نش بچنہ خاطرہ نۆفل
پرنچ کانہہ تہٕ پہل ، سسہ رسچ شروعات گژھہٕ ہا
یار اندرہ پیٹھے۔ گُر ن ، روانگن تہ الہ ہۆکھناونک
وقت واتہٕ ہے تہ پورہ کشیرمنز ییہ ہن امہ باپتھ تہٕ
سارنی برونہہ یار اندرسے پتجہ تہ وگوی وہرنہ۔
میہ چھہ وارہ یاد زییلہ دۆپکھ سرحد اپار پیٹھہ کیا
سأ چھہٕ قبالی اسہٕ ' سوچھ ' کرنہٕ آمتی، یار
اندرسے منز نیو اکہٕ سادہ مکار جماژ سار وے کھوتہ
زیادہ تۆمل تہ پلو دلو جمع کٔرتھ ،پتہ ییلہ کینژ
دوٕہی یہ ننیووزیم قبالیأسی ٹھگ ، سادہ مکار تہ
یمو نیبہ سونہ کہ مارہ متہٕ لوکن ہندین سماوارن
تھپہ تان کڈتھ ، یار اندر پیٹھے دٕرایہ ''جانبازن '' ہنز
گوڈنچ جماتھ یمن لار کرنہٕ۔ اکہ ؤریہ ییلہ بہارس
تہ بنگالس منز قحط ۆوتھ، امداد جمع کرنک کُن تہ
کیول کیمپ تہٕ آو اتھییار أندرس منز لگاونہ ۔مزہ
دار چھہ یہ زکتیکی تام مسلمان کٹی کۆر کتہ چہ
تام بٹہ کور سیتی کھاندر تہ پورہ کشیر
ہندیو لوکو نیو یار اندرے مہرینہ ہند وأریو
مقررکٔرتھ تہ لگی اورمبارکس ینہٕ۔ یار اندرچہ زنانہ
روزہ ہفتہ وادن ونوان تہ رۆوہ کران ، مرد سب ہوران
تہ اسی شری پاٹھی پژھین قندہ شربت چاوان۔
یار اندر اژنس أسی پانژھ کو چہ۔ اکھ گیوو، ڈگہ
ہندی کنی یس عالیکدل واتان اوس، بیاکھ تتھ
دۆیمہ اندہ یس وازہ پور کُن کھسان اوس ۔کھسان
ۆون میہ اوہ موجوب تکیاز اتھ أسی پاوی جوراہ تہٕ
کھسنی ۔ تریم کو چہ اوس مشینہ باغس کن

گژھان تہٕ ژوریم شیخہٕ محلس کنؙ۔ مگر ساروے کھوتہٕ اہم ، دلچسپ تہٕ پراسرار کوچہٕ اوس پانژیم یتھ ٹنل ونان أسی۔ دراصل اوس یہٕ کوچہٕ دوٚن بڈین مکانن منزس تتھہٕ کنی موجود ز دوٚشونی ہند ی ہیریم پور أسی اتھ پیٹھی کنی ساییانکی پاٹھی کور (cover) کٔرتھ۔ اتھ ٹنلہٕ کوچس أس پریتھ حسابہٕ مرکزی حیثیت حاصل ۔اکہٕ طرفہٕ اوس یہ پننہٕ انہارہ کنی دلچسپ تہٕ بدون تہٕ دوٚیمہٕ طرفہٕ اوس باقی کوچو نسبت آمد رفت تہٕ اتھی زیادہ آسان۔ وازہ پوٚرچہٕ زنانہٕ ییلہٕ یار اندرس منز دانہٕ،گاڈہ ، گرٚن، روانگن بیترٕ ہوکھونہٕ بیہن ،نظرہ آسکھ ٹنلہٕ کوچس پیٹھ ضرور آسان۔ دینا ناتھ ( ڈاکٹر صأب) ییلہٕ کأجس وانہٕ پیٹھہٕ گرہ گژھنہٕ باپت زامت دوٚدہ گلاسہٕ ہیتھ ٹنلہٕ کوچہٕ کنی یار اندر اژھہٕ ہا ،تمن أسی یمہٕ کتھہٕ ہنز ژینہٕ ونی میلان ز وق ووت کوج کھینک۔

اکھ دوٚہا بنیووز پایین شہرس اوسکھ کتھ تاں ایجٹیشنس پیٹھہٕ کرفیو لوگمت ۔ ووٚں گوٚو یار اندر اوس حسبِ معمول امہٕ دوٚہہ تہٕ پننہٕ مستی تہٕ چرٚگیشس منز۔ زنانہٕ آسہٕ مرژہ وانگنن وو بناونس تہٕ ہاکھ سوژل ژارنس ہشن معمول چن کامین منز مشغول ۔ مرد أسی ججیر گر گرس تہٕ مسایہٕ ژٹنس منز مست۔ گور ہند رزاق مام اوس نیلہٕ وژھس شراک پٕچہٕ سیتی ماکن کڈنس سیتی آور ز اتھی اندر گے ڈگہٕ ہنز کأنی پیٹھ کھاتی دیدِ ہنزنارہ کریکھ ،

" ہتا کنٕہ کانہہٕ چھو نو ٹنلہٕ کوچہٕ کنی ہا ژاو فوج۔" یار اندرس منز موجود مردو تہٕ زنانو کھییہٕ کھریکھ

تہ یکلخت لجہٕ سارییہ اچھ ٹنلہ کوچس کن درس۔
کاشر ی پلسہ والی داہ مرہ أسی اکھ اکس پتہ لأنہٕ
منزیار اندر کُن پکان ۔ برونہمین اکس دوٚن سپاہن
آسہ اتھن کیتھ کنہٕ جنگس منز پان بچاونہ واجنہٕ
بأنسوہ جا لہٕ، پولیسُک انداز اوس حملہ آورن ہند
ہیو ۔ادہ سا تہ یار اندرکی کتہٕ گییہ دبن والی۔ زنانو
لاگی مردن اچھو کھوریو کہتام اشارہ کرنی، وازہ
پوری کوچس منز دِژ کمی تام گرہ والی ہتبہ کھوناہ
بیاری کأنی کنی کوچس منز دروپ گُرتھ دأرتھ ۔
ہورہ پھٹراوء کمی تام سیر جوراہ ۔ تیار اوس زیار
اندر گژھہٕ ہا پانی پت کس میدانس منز تبدیل۔ ٹنلہ
کوچہ منزہ گے پلسہ والین پتی کنی فوجی اندازچ
پپنی ، پلسہ والیو روٗکاوی پننی قدم تہ خراماں
خراماں گوٚو کوچہ گلس پیٹھ فایٹر نمودار تہ تس
پتہ کنہٕ اوس اردو بازر تھانک کارخاص غلام محمد'
اتھس کیتھ ترامو لوٹاہ ہیتھ ۔ فایٹر اوس کشمیر
پولیسک اکھ سپاہ یس پننیو عجیب غریب حرکتو
کنی سیٹھا مشہور اوس۔ اہند دلچسپ کردار اوس
وارِیاہس حدس تام نہ صرف تمہٕ وقتہ کہ کشمیر
پولیسچ علامتی نمایندگی کران بلکہ اوس یہ
کردارمجموعی طور عام کاشری سندہٕ مزاک تہٕ
عکاس۔ بہرحال، ساری پُلسہ والی ٹنلہ کوچس منز
تھأوتھ اژی تن فایٹر کارخاص غلام محمد ہیتھ یار
اندر '
" حضرات پورہ شہرس چھہ کرفیو۔ کان کھول کے
سنو۔ دیکھتے ہی گولی مارنے کا حکم ہے۔ "
فایٹر سندس اتھ اعلانس پیٹھ کوٚر زنانو کیو مردو
' "ہووووووو ۔"

فایٹرن سنبول جلدی جلدی معاملہ پانے ، "مگر خدا گواہ آپ کوئی پرائےتھوڑے ہی ہو۔ لہذا چھہ نہ گابرنچ کانہے تہِ ضرورت۔ اسی چھہِ نہ توہیِ کینہہ وننہِ آمتی، بلکہ چھہِ رزاق مامس نش آمتی۔ تھانس منز چھہ نہ چایہ سنمب دودہ قطرہ تہِ۔ خدا گواہ ۔"

رزاق مامن تراوی ۇژھس ماکن کڈنی أتی تہ وۆتھ لوکن کن،

"اکھ تپالہِ لداہ چھہ یہ۔ میانی کنی آسہِ پورہ شہرس کرفیو تہِ أمی لگاونوومت۔"

زنانو کیو مردو تروو ٹھاہ ٹھاہ کران اسن کھنگالا تہ فایٹرن چأر بییہ کمان،

" خبردار شور نہ ، ہنگامہ نہیں، توہیِ کرفیوہس منز ڈھیل دنک مطلب ما گۆو اسہ کریو روزی مار؟ آخر ہمارے اوپر بھی افسر ہے؟ حاکموں کے پاس ہماری بھی جواب دہی ہے، ہے کہ نہیں؟ "

لوکو کۆر اکہ لٹہِ بییہ اجتماعی طور " ہوں " تہ رزاق مامس تہ تہندس نیلہ ۇژھس پتہ پتہ ژایہ فایٹر تہ کارخاص غلام محمد گور ہندِ دروازہ۔

میہ چھہ سخ افسوس زِ یہ یار اندر گۆو ڈلہ مونجے کشیر ہندِ نقشہ پیٹھہ غاب۔ اتھ جایہ چھکھ وونیاکھ بیہ ربط ہش سڑک بنأومژ۔ ٹنلہ کوچکیکینہہ کم قلیل آثار چھہِ ونہِ تہِ موجود مگر میہ چھہ نہ باسان نو پییہِ منزآسہِ کانسہ یہ پتاہ زِ کتھ تام أسی یار اندر تہِ ونان۔

( )

# اکھ بازر ،اکھ جھان

انسانن ہندی پایٹھی چھہ شہرن ،بازرن تہ محلن تہِ
پنن اکھ الگ مزازه ، خاصیت تہ کردار آسان ۔ پیٹھہ
ییلہ یم بازر کاشری آسن ۔ سانہِ لوکچاره یس بازر
عالی کدلہ ییاو ملچمر طرفہ بستھ او س تمیک
ییلہ بہ ازتصور چھس کران، میہ چھہِ افسانوی یا
ونیتو اساطیری منظر اچھن تل یوان۔
علی محمدنس وانس چھہِ رنگ بہ رنگی سٹیپل یچھہ
تتھہ کنی اویزان ز زنتہ چھہِ کانسہ بہلہ پایہ کس
مصور سندی فن پاره نمایشہ باپت تھونہ آمتی۔
کریم کرالن قسم ورا ے مال چھہ نالہ دندی دندی
پوره بازرس وٗہرتھ۔۔ پیر دستگیری بٹہ سندس بہری
وانس کن وچھتھ چھہ ہیون سانگ سندِ زمانچ یاد
یوان۔ سارو ے کھوتہ تھدس دکانس پیٹھ چھیہ
رحت دید المعروف تھنہِ رحتی ' سر سبز ہاکہ
پھوٗتین، سوژلہِ بدین تہ گوگجہ آرن منزس تتھہ
کنی بہت زنتہ ممتاز محل تختِ طاوسس پیٹھ
چھیہ تہ اہنز سلطنژ برونہہ کنہ چھہ ستہ گزی کبیر
پچ سند وان تہ تتھ الوأنز دنیا کس سارو ے کھوتہ
وأنسٹھ ژھاولیسنزی ماز ران تہ بو کھتر ۔ حالانکہ
اتھ بارس منز اوس کبہ کاکن ہمیشہ دعوا یہ ز سہ
چھہ آمہِ
دوٗند تہ لوو ماز کنانیہندیو وانو برو نہہ پھن ،
موٗده ڈٲلتھ چھہ اکہ طرفہ علی محمد وانی تہ تسند

بۆڈ بوے عمہ وانی، دوِن الگ الگ وانن ، یمن منز باگ کتھ باتھہِ باپت یمو بۆر چھہ ژۆٹمت۔ علی محمد چھہ اکثر عمہ وانیس لۆت لۆت امی برنہِ کنی حالات و واقعاتن تہ مختلف سیاسی معاملاتن متعلق خبر اتر پرژھان ۔

" کیاہ سا بأے لالا ؟ خبر کیاہ چھیہ ؟ "

عمہ وانی چھہ پیکہ دانہِ منز تھوکھاہ تراوان تہ پتہ دچھنی کھووری نظر دِنہ پتہ لوکٹس بأیس لۆت لۆتے جواب دوان۔ "کہنی نہ سا دپان تھدس ما سوزن کھٹوعہ پیٹھہ بییہِ اکہِ لٹہِ کالا پانی۔"

علی محمد چھہ پھیرنہ دامن تھۆد تلتھ پننہِ پاژھہِ سیتی عینکک شیشہ صاف کران کران بییس کتھہِ گینی کڈنہ باپت دۆیم تہ اہم سوال کران ۔

" تہ ہہنز کیا شیچھاہ ؟"

بأے لالہ چھہ بییہِ اکہ لٹہِ دٔچھنی کھو وری نظراہ دتھ وٹھہ پھسراے کران۔

" دپان ہسا چھمب جو ڑی واتی (پاکستانی فوجی) ۔ مان سا وارہ کارہ آسن جمعہ دوہہ بجہِ مشدِ۔"

خبر علی محمدس کیازاوس باسان ژتمام یژھہ خبرہ چھیہ گوڈہ تہندس بأے سے نش واتان حالانکہ پرانین ہایہ بزی گامتین گل قند مرتبانن، کھمبیرہ نٹین، مژری کنڈین ، شیرء پھٹجن تہ لوسہ گھاسس منز نہ اوس کانہہ ریڈیو موجود تہ نہ اوس تس خبر اتر واتنک کانہہ دۆیم وسیلہ دستیاب مگر امہ باوجود أسی پورہ بازرس منز یتھیبخارات ہمیشہ تسی کھسان تہ بعضے أسی یمن بخاراتن پیٹھ پژھ نہ کرنی تس سیتی زیادتی کرنس برابر باسان۔

پژھ أسی بازر والی جنت گار حسن ٹھانٹھرس پیٹھ

تہِ کران یہ زأ نتھ تہِ زتھنزکتھہِ پڑھ نہ کرنسے منز
چھیہ بہتری۔ سفید شین ہیو دستارا گنڈتھ تہ پٹھان
چالہِ گونژھہ تھوتھ ییلہ یہ جنت گار بازرس چکراہ
لگاوہ ہا طے اوس زکیہتام چھہ سپدن وول ۔ کیہتام
یتھ منز جتہ جوش آسہِ ، کیہتام یتھ پیٹھ پورہ
بازرس اسی اسی گُرس گژھہِ۔ حسن ٹھانٹھر ہیہِ زہا
بہری کدلہ جان پہن ندری گیڈ، تمہِ زمانہ داہن
روپین، سہ پھروِہا یہ ہاوان تہ باوان تتھہ کنی پورہ
بازرس زپریتھ کانسہ ییہ ہا أسس آب ۔ وونی ہرگاہ
کانہہ امیک قیمت پرژھیس یہ ونہ ہا داہو روپیو
بجایہ فقط ر وپیہ جوراہ۔ سیتی ونہِ ہا یہ تہِ ز'
" ہتا یارہ از چھہِ بہری کدلس ندریو سیتی ژھٹ
درامژ۔ میانی کنی آسہِ تتہِ گیجہ ساسا سڑکہ پیٹھ۔
یہ گیڈ أس ساروے کھوتہ لوکٹ ہش ۔بأژے کُژ چھہِ
اسی؟ میہ ڈوپ ضایع گژھہِ۔" ادہ کیااتھی سیتی
نیرہ ہن سولبہ سولبہ جان تہ زبر ندری گیجہ
ژھانڈن والی آنتہ لوکھ بہری کدل کن تہ لالہ اژہِ ہا
گونژھوتلی اسناہ تراوان تراوان پانس گرہ۔
کبیر پجس ہے کانہہ خریدار کالہ نمتہِ مازہ کہ نہ
سیننچ شکایت کرِہا سہ اوس اتھہ سیتی کلس
پھشاہ پھشاہ دتھ زنتہ پانی پانس سیتی گوڈہ
کیہتام مشورہ کران تہ تمہِ پتہ پرژھہِ ہا خریدارس
تفتیش کرنہ کس اندازس منز۔
" ییلہ ماز پاکس لوگون اتھ ما کھژوو پوس ہیو؟
توہہِ تلووس انیوٹ تھود؟ بس ادہ ؟ یہ کتہِ سینہ ہا
پتہ؟"
کبیر پج ژھنہِ ہا امہ پتہ ڈیکس ژنڈاہ تہ تتھی
سیتی لایہ ہا سڑکہِ اپور رحتی دیدِ کریکھ'

" کاراہ ہبی کۆرمت یمو۔ ونہِ کیاہ یمن انسان؟
پیٹھہ اوسکھ زامتر ی لڑکس سال کۆرمت۔ کیا آسہِ
تمی سونچمت؟"
خریدارس آسہِ کنہِ پھیشہ ووزلان تہ سہ اوس
موضوع بدلاونچ کوشش کران۔
" ادہ سا ژھن وونی اتھ بلاے ۔ دِ کرہن ماز ڈوڈ پاو
تہِ۔"
خریدار س سیتی ڈیل کرنک ساروے کھوتہ
دلچسپ انداز اوس کریم کرالس ۔ سہ اوس پننس
وانس پیٹھ بیہنہ بجایہ ہمیشہ سیدہ کنہِ کس تیلہ
وانی وانس یا نتہ بہری سنز پینجہِ پیٹھ بیہان ۔ یام
کانہہ خریدار بایا تہندس وانس نکھہ وأتتھ کتریو
لیجہِ، ژ ٹس، ہچوس چونچس ، لژھلس ، کانگو یا کنہِ
تہِ سامانس اتھہ لاگہِ ہا ، کریم کرال لایہ ہس بپار
پیٹھے کریکھ۔ '
" ہتہ بی سہ چھے نہ اتہِ۔ ژیہ کیا او سے نین؟ لیجی
ہا ؟ کو سہ ہش اکھ ؟ ادہ تھوتس باہ آنہ اتی
پینچہ پیٹھ ۔"
امہ اندازہ دکانداری کرنس او س کریم کرال یہ جواز
دِوان زیتھہ کنی نہ چھہِ خریدارس درہ درے کرنی
پیوان تہ نہ وانہ والس قسمہ قسم۔ کاروبار کس
معاملس منز اوس واریاہس حدس تام یہ بازر نفع
نقصان کہ تصور ورأیی ۔علی محمد وانی اوس
تقریباً دہی دوہس محلہ کین شرین نرہ کانی قلم
گری گری دوان۔ عمہ مونجہ گری نِس وانس اوس
بہہِ بجہ پتہ نۆوے رشا آسان ۔ سہ اوس دزن
بیمارن مفتے کیہتام دزن دوا لاگان ۔پیر دستگیری
بہہِس اوس زیٹھ بوے دوہے یتھ پیٹھ بیواری کران

آسان ژ کھٹین پونسن ہنز چھیس نہ پہچانے۔
غلطانس منز چھس نصف کھوتہ زیادہ نوٹ تم
آسان یم نہ مہراج گنجک بنک تہِ رٹان چھہ۔ کبیر
پچس تہِ أسی گرکی بأژ ( خاصکر زیٹھ نیچو ) اوہ
کنی ناراض ژ یہ چھہ گاٹس پیٹھ کار کران ۔ اڈ پاو
ڈوڈ پاو تولان۔دپان تسند جواز اوس ہمیشہ یہ
آسان ژ '
" خریدارس دِ مہ وے نا أخر کینہہ ؟ خون جگرکی
پونسہ چھہ کڈان۔ نیرس کیاہ ماز ڈوڈ پاوء ؟ پیٹھہ
یمس عیال کثیر آسہِ۔"
دلچسپ چھہ یہ ژ وانہ والین ہنزصورژ منز اوس
دراصل یہ بازر پانہ رحتی دیدِ باپت عیال کثیر'
یوسہ پریتھ دوہہ ترییہِ بجہ باگی پننس وانس پیٹھ
بڈِبٖوڈ نونہ چایہ سماواراہ لاگہِ ہا تتھ ملأیاہ ' تھنیاہ
تہِ تراوِہا تہ ژننی پوشہ رنگہ نونہ چایہ یلہ گریکھ
ییہِ ہا أتی لایہ ہا اکہ اکہ وانہ والین ناد ۔ ' " ولیوو
ہیو ہہرو کٖوروہ ہا ووِنی کار سیٹھاہ ۔ ولو یہ نیو
چایی ۔کبیرا۔ کریما... علیا۔۔ہتا امس ونوو بہری
ہہرس تہِ ۔۔ پتہ ہا نیرس یتھ نون ۔ بلڈہ لدس...۔"

()

# اکھ صحیح اکھ بٹا زہ

یم أسیٚ زہ زنیہ ۔اکھ اوس قدس منز تہٕ جان ،صحتہ رنگیہ تہٕ ٹھیک ٹھاک ،تہ ژمہٕ ہنز رنگتٕ تہٕ أسس پرینرہ سانے۔ ڈۄیم اوس قدہ کنیہ ژھۄٹ ، صحتہ کس معاملس منز کمزور تہ ژمہٕ ہن تہٕ أسس گیشأمے پھن ۔ کینہہ ؤری برونہہ ہیکہ ہن یم دۄ شوے سرٕینگرچہ شیرٕ کشمیر پارکہٕ پیٹھہ امیرا کدلس تام کٕنہٕ تہٕ وز کٕنہٕ تہٕ جایہ نظرٕ گژھتھ ۔ یکجا زیٹھیہ زیٹھیہ قدم مینان ۔ اکھ اکس لرٕ لۄر پکان۔ یمن یکجا وچھتھ اوس ہمیشہ باسان ز زنتہ یم ز ہ چھہٕ نہ بلکہ چھہٕ ڈۄڈ ۔ اکھ پورہ تہ بیاکھ اۄڈ ۔ اوہ کنیہ اوسس بہ یمن اکھ صحیح اکھ بٹا زہ ونان۔ یم أسیہ ریاستی پلسہ کس خفیہ شعبس یعنی سی آیی ڈی یس منز کأم کران تہ پننہٕ طور طریقہ، اثر رسوخ تہ تجربہ کنیہ اوس یمو پننہٕ جایہ ' سراغ رسانی ہندس پیشس منز مانیہ تو سٕے مقاماہ حاصل کۄرمت یس کے جی بی (KGB) یس منز ولا دِمار پُتنس (Vladimar Putin) یا ایم آیی پانژس (MI5)منز پیٹر رایٹس(Peter Wright ) رود ٗمت چھہ( یمن دۄشونی اوس کم از کم پانس متعلق یی باسان) ۔ بہ اوسس یمن دۄ ہن کشیرٕمنز اخباری دنیاہس سیتیہ وابستہ لہذااوسم دۄشونی سیتیہ

اکثر علیک سلیک گژھانے۔ پیٹھہ اوس یمو منزہ اکھ، اˇوڈ ہیو اکھ ، سانی سے علاقس منز بسان تہ اوہ کنی اوس اکثر شامن امس سیتی بسہِ اندر تہِ ملاقات سپدان۔

تھاوی تو امس أڈِس ح صأب ناو تہ ڈˇویمس' یعنی اکس، خ صأب ۔ ح صأبس تہ خ صأ بس دوشونی أسی مزازن منز زمین آسمان فرق۔ ح صأب اوس کم زبان تہ برد بار۔ پلسہ کارچ ، سیاستچ تہ قونونن ہنز أسس زبر زانکاری ۔ وو ں گˇوو فطرتاً اوس ہنا وہمی پہن تہ ہمیشہ اوسس باسان ز خ صأبنیو بے وقعوفیو کنی چھلہِ کُنہِ تہِ دوہہ سہ نوکری نش اتھہ۔ خ صأبس اوس مزازہ بلکل اتھ الٹہ۔ سہ اوس ڈیوٹی پیٹھ تہِ افسرن تھی لیکھس پنژاہ ساس دوہس کڈان آسان۔ کُنہِ تہِ کتھہِ پیٹھ باہ باہ تریچہ لیکہ ، پانس ، پلسس، قونونس، سیاستس ، دروجرس ، سوِ کالس، پاورس، بجلی کوٹس، ٹیلی فونس، خبر کتھ کتھ ۔امہِ تضادہ باوجود أسِ یمن دوشونی پانہ وانی سخ برابری بلکہ ہیکہ ہو ونتھ ز یمن أس جنون کس حدس تام یارز۔ اکس ہے زکام گژھہِ ہا مأنتو بییس وسہ ہن پوندہ ۔

دوہا اکھ بنیوز یمن گˇوو دوشونی زکام تہ یمو ترأو پانہ وانی کتھ کرنی۔ دوہہ وادن۔ ڈیوٹی أسی یکجاہ کران۔ پھیران تھوران تہِ أسی یکوٹہ مگر کتھ أسی اکھ اکس سیتی تیژے کران ییژاہ دفتری کامہِ ہنز مجبوری کرناوہکھ ۔ اتھی دوران وچھ میہ یم دوشوے کیلاش کیفٹریا ہس منز یکجاہ تہ پروژھمکھ۔'

"کیا حض گگرکتھ پیٹھ پھٹمژ ؟''
ادہ کیا ح صأب زنتہ اتھی سژنۍ ترسس پیاران
اوس۔'
" یمس ہسا بڑتھ برینس ڈلمتۍ۔" یہ ونان ونان
ترأو تمی خ صأبس کن شرارتہ ہوٗت نظراہ۔ تمی
کوٗرس تورہ رانڈی اسٗنا تہ ح صأب لوٗگ میہ
معاملہ سمجھاونۍ۔
" وچھ سا ژہ چھکھ اولاد۔ ژیہ نش کیاہ ژور تھاوو۔
سانی کأم چھیہ جو سوسی کرنی، تحقیقات کرٕن،
خبر اتر اننی تہ افسرن ڈایری دینی، پتہ یہ تمن
خوش کرتۍ کریتن، یمی سندیکنی گژھۍ نہ کأمے
کرنی۔"
" ماجۍ اتھ ڈایری کران، بوز حض ہے معاملہ کیاہ
چھہ؟" خ صأب پھیور میہ کن پننس مخصوص
اندازس منز۔ "خواجہ صأبن د ژنم اوترہ ڈایری ز میہ
ہسا وچھوہ زہ بٹہ کٹی مایسمہ منز جماعتِ
اسلامی کس دفترس پیٹھ کھسان۔"
" کیاہ ؟ " میہ ژول ہکہ نیرتھ۔
" ادہ کیاہ ! ہتا یارہ کھتی تہ کھتی۔ اسہ کیاہ؟
وونی چھی افسر لیکھان دییو ساتفصیلی ڈایری ز
تتۍ کیٔاہ أسیم کران، پریشانیاہ تہ بییہ نہ کینہہ۔
" یہ ونتھ لوٗگ خ صأب ح صأبس کن عجیب
اندازس منز وچھنۍ۔ مستس دژن اتھہ سیتی پھشۍ
ہنا تہ درجواب وونس۔'
" جان روزیی ژہ نۍ ریٹایرمنٹ، سی آیی ڈی گری
چھیہ نہ وونی چون توانگر۔"
اکھ سہی اکھ بٹہ زہ رودی خبر کأتس کالس پامہ
پام کران تہ بہ دراس کیلاشہ منزہ یی سونچان

سونچان نیٚ بہر زٕ کشیر اندر سرکأری انتظامیہٕ ہُک
چلٕن چھہ پزی اولیا کرامن ہند بجر۔
بیاکھ دوہا اکھ بنیوو زٕ کشیر منز گیہ واریاہن دوہن
سگریٹ بازرہ منزہ غآب۔ ہفتہ جوراہ رودی سگریٹ
وانن پھالو دِتھ۔ میہ ہوین شودن گیہ یمن دوہن
سخ پریشانی ۔ اتھی عالمس منز ژاس بہ پننس
اکس جرنلسٹ دوستس نش، یُس یمن دوہن اکہ
معروف انگریزی اخبارک سخ دبہ دب تھون وول
نمایندہ اوس۔ میہ بیلہ امس سگریٹن ہنز نایابی ہنز
کتھ ونی یہ ووٚتھ : "ونی کرو انتظام"۔ امہ پتہ کوٚر
امی سی آیی ڈی دفتر فون تہ ووٚنن خ صأبس زٕ
ہرگاہ اکھ زبردست خبرچھیی بکار یکدم گژھ
حاضر بییہ انی زٕ اورے سگریٹس اکھ زہ ڈبہ۔ میہ
کھیہ کھریکھ تہ پروژھمس ' زبردست خبر کیاہ
چھہ؟ تس آو اسُن تہ ووٚننم۔ '' ژیہ چھُے سگریٹن
سیتی مطلب۔ دِموس کانہہ فرضی کھانیاہ بنأوتھ۔
ونہٕ اوس میون یہ جرنلسٹ دوست فرضی کھانی
ہند پلاٹے سونچان زٕ ح تہ خ دوشوِیے صأب پییہ
سگریٹ ڈبہٕ ژوٗنبرہ ہیتھ برونہہ کن وأتتھ ۔ میانی
دوستن کرٕ رژھہٕ کھنجہٕ اچھ بند تہ تمہٕ پتہ وو تھ خ
صأبس کن۔ لیکھ سا۔ خ صأبن کڈ
باضابطہ لوکٹ ڈایریاہ چندہ منزہ تہ لوٚگ لیکھنہ۔
' با وثوق ذرایع سے پتہ چلا ہے کہ نگین جھیل میں
کسی نامعلوم ہاوس بوٹ کے اندر تین نامعلوم
امریکی عورتیں کافی دنوں سے ٹھہری ہوئی ہیں
جنکا تعلق امریکی خفیہ ایجنسی سی آی اے سے
ہوسکتا ہے۔ عین ممکن ہے کہ یہ جاسوس عورتیں
نگین میں میرواعظ صاحب سے بھی ملاقی

ہونگی۔"
خ صأب اوس ونہٕ تفصیلات لیکھانیی ژح صأبن
ووٚن میہ تس کن اشارہ کران لوتیے۔
" وچھتہ ووٕنی ما چھس کاڈی تھدس۔ نتہ ووت
میہ ہفتہ ونان امسٕ کہتام چھہ سپدان نگینہ ۔"
ادہ کیاہ گاش تہٕ پھوٚل تہ نگینس تہٕ دِیتکھ پلسک
گیرہ دأرتھ ۔
1988 کس أخرس کیت ہیو ہیژن کشیرٕ منز بم
دھماکن ہنز شروعات گژھنی یمن دھماکن منز گوٚو
اکھ دھماکہ ریاستی روڈ ٹرانسپورٹ کارپوریشنہ
چہ اکس ڈبل ڈیکر بسہٕ منز' لالچوک کس سٹی
بس سٹینڈس اندر۔ بہ یتھے کینژن دوٚیمین صحافی
دوستن سیتی جاے واقعس پیٹھ ووٗتس ح صأب
تہ خ صأب أسی تباہ گمژ ڈبل ڈیکر بسہٕ معاینہ
کٔرتھ موکلیمتی۔ اسہٕ وچھتھ آیہ یم ماہرانہ حشمت
سان اسہ کن تہ ح صأبن ووٚن۔ "زیادہ کھوتہ زیادہ
آسہٕ ہا گاڑی ڈلگیٹہ یمہٕ وِزِ یہ بم آسہٕ تھونہ آمت۔"
" آہنٕ سا تیتھے ہیو۔ مان نہرو پارکہ پیٹھہ ڈلگیٹ
تامٕ کٕنہ جایہ ۔ " خ صأبن دژ پننی راے۔ بہ
ووتھسکھ۔ نہ حض تہ معاملہ زیٹھیاہ کنہٕ۔۔۔۔''
تمو دِژ اکھ اکس کن نظراہ تہ خ صأب ووٚتھ کونڈر
سگریٹ زالان زالان لوتہٕ لوتہٕ میہ کن۔
" ژہ چھتھ اولاد زانان ژیٕ ہ نش کیاہ تھاوو ژوو - یہ
اوس مہراجی بازرک لڑکاہ توٚرمت اپورتتہٕ اوٚنن آتش
گیر مادہ کلو 15 مرہ، نصفاہ آسیس مکلیومت۔
بییہ ٹاس پونشہ مرہ نیرنس تہ ہونی کھییہ بستہ
کھلر۔"
"پوٚز چھے ۔ینہ مخولہ باسیوٚو۔" ح صأبن کوٚر

گوڈنچہ لٹہٕ وژھہ وأنجہٕ خ صأبنہٕ کتھہٕ تایید۔
اتھ معاملس تہٕ گیہ ورٕی ارداہ مرہ آتش گیر مادہ
تہٕ موکلیوونہ کینہہ۔ البتہ اکھ صحیح اکھ بٹا زہ
گیہ الگ الگ ضرور۔ دوشویو کۆر نوکری نش
استعفہ۔ با وثوق ذرایعوو مطابق چھہ اکھ ازکل
شہرس منز کتہٕ تام لوکٹ موکٹ وانہِ وان چلاوان
تہ دۆیمی چھہ درویشی منز کھور ژھنمت۔

()

# عمہ کاک

دراز قد، ووزل نارہ تیۆنگل ہیو بتھ تہ پلو پوشاک
حقیقتاً تیتیاہ صاف تہ شفاف ز ہمیشہ اوس باسان
زنتہ وُنی ونہ دۆب دِتھ چھن انیمتی۔ یہ گیوو
عمہ کآک ، سہ عمہ کاک یُس ان پڑھ أستھ تہٕ گأ
نٹہ وادن اردو حتی کہ انگریز ی اخبارن تہ ورق
گردانی کران اوس ، تہ اتھ ورق گردانی دوران یمن
اخبار ن منز مختلف فوٹوگراف وچھان میہ یا
میأنس بأیس کن پھیرتھ کتھہٕ گینی تہٕ اوس کڈان
یا ونوس خبرہندس ژکس تہ اوس واتان۔
" یمس کیاہ ونان امریکہ وونی یاسر عرفاتس ؟ "
"روسس تہ ہندوستانس گیہ سخ دوستی۔ یہ اوسا

بریزنیف تہٕ اقوامِ متحدچہ میٹنگہٕ منز؟"
" یہ کتہٕ لوکن ہند یوتاہ بۆڈ جلوس؟ مشرقی پاکستانہ؟ شیخ مجیب برناو پان جیل ۔"
عالمی حالاتن تہ واقعاتن پیٹھ پیشہ ور مبصر سندیٕ پاٹھی نظر گزر تھونک شوقین عمہ کاک اوس میأنس مالی سندِ لوکچارہ گامہ پیٹھہ بحثیتِ گر مو ہنیو سون آمت تہ اسی نش گذوٗرن وأنسہ ہند اکھ زیوٹھ حصہ ۔ اہندِ کردار تہ اوصافو کنی اوس امس سون سورے خاندان سیٹھاہ عزت تہٕ کران تہ قدر تہٕ۔ ذاتی طور أس میہ أہنز شخصیژہندی کینہہ دلچسپ پہلو ،اہنزہ کینہہ معصوم تہ شری حرکتہ پانس سخ خوش کران ۔ نمازٕ گزار عمہ کاکس اوس مشیدِ منزلاوڈ سپیکرس پیٹھ بانگ پرنک سخ شوق۔ خوش لحن تہٕ اوس، لہذا أسی اہندِبانگہٕ ہندی لوکھ تعریف تہٕ کران۔ یہ اوس اکھ پہلو۔دۆیم پہلو اوس یہ زٕجنت گارس أسی واسکٹ چندس منز تاسہ پٹی تہٕ آسان۔ حالانکہ نہ اوسس تاس گندنک کانہہ شوق یا چسقہ تہ نہ اوس زاری۔ بلکہ ما آسہ ہس نہ تاس گندن تہٕ تگان ۔ووٕں گۆو کنہٕ تہٕ وزییہٕ ہا اسہٕ شُرین نش یم تاسہ پٹی ہیتھ تہ ونہٕ ہا ۔" ترأیو سا ژورن آنن ژُچ ۔" امہ پتہ لاگہٕ ہا فٹا فٹ تاسہ پٹی پھرنی۔
میہ لۆگ وارياہ ژیری پتاہ زٕعمہ کاک اوس دراصل ژُوو ژُوو سیٹھہے سنجیدگی سان یمن تاسہ پٹین پیٹھ کیہہ تام فال آسان وچھان۔
عمہ کاکس اوس نہ کأنسہ ہند دوکھ برداشت گژھان ۔ تہنزٕ موجودگی منز ہیکہٕ ہا نہ پورہ محلس منز کانہہ تہٕ مول موج پننس شُرس رعوب کُرتھ یا

مار دِتھ ۔ ووپر شُری سنز چھیہ نہ کتھے ۔تہ سانہٕ
گراوس نہ سوالے پیدہ سپدان۔ وونی ہرگاہ یُتھ سین
تس درینٹھی گژھہٕ ہا تس گژھہٕ ہا گوڈہ سورے
بتھ نارہ چپاتھ ہیو پتہ کرِ ہا سہ بڈِبڈِخبر کیاہ ووہٕ
سانِ تہ رژھہٕ کھنڈیٚ لگہٕ ہس اۆشس دار ۔ میہ چھہ
سہ یتھین معاملن پیٹھ خبر ڈٕ ؤ لٹہٕ لبن سیتی کلہ
تہٕ ٹھاسان وچھمت۔ ووٕں وچھتو امی سے عمہ
کاکنیٚ بیاکھ اکھ حیران کن حرکت ۔
سپد یہ ز کتھ تام معاملس پیٹھ گۆو شہرس منز
بلوہ ۔ زینہ کدلہ لۆگ کنہٕ جنگ ۔ گا ڈہ کوچس
نکھہ کۆرُکھ کینژن کھترین ہندین وانن لوٹھ تہ
اتھی سیتی لۆگ کرفیو ۔ عمہ کاک اوس غآب تہ
سون گریٚ گر ہ پریشان ز گۆوہے تہ گۆو کۆت ؟
کنہٕ جنگس منز ما لۆ گس کُنہٕ ؟ پُلسن ما ژٕ ھنس
تھپھ ؟کرفیو کہ وجہہ ما پھسویو کُنہ ووپر جایہ ؟
اسی سأری أسی اندریٚ یتھیٚ نے خدشاتن منز ۔
نیبریٚ اوس پُلسک گشت ز آنگن برس گۆ و ٹھُکٕ
ٹھک تہ عمہ کاک پیوو وأتتھ پھیکس پیٹھ لوٗٹہ
مالُک بۆڈ کپر تھاناہ ہیتھ ۔ سارنے بأ ژن پھیر بٕتھس
لیدٕو ژھٹ۔ یمیک نہ ظاہر عمہ کاکس پیی لۆگ۔
مگر تمیٚ یتھے یہ کپر تھان پھیکہٕ پیٹھہ وألتھ
دھڑام کٔرتھ پتھر تروو تہ وٹھن پیٹھ ووتلییس فتح
مندی ہنز اسن ترایا ہش ، میانہٕ مالی نانہٕ ، ماجہ تہ
گرہ چیو دۆیمیو زنانو موریٚ گُلیٚ تہ دِتکھ بتھہٕ
بتھہٕ۔ مردو دِژہ ڈیکن ژنجہٕ،شریٚ ژایہ شروٕکنین تہ
عمہ کاکس گۆوٕ سارِ پانک خو ن زنتہ بٕتھس پیٹھ
جمع تہ شرارتہ ہۆت وونن۔" میہ یہ ووٕں کۆر تہٕ
کۆر، ہرگاہ توہیٚ وونیٚ ژھوپہ کٔروہ نہ، بہ رٹناوہ

یورے پولیسس اتھ پان۔"
امہ پتہ کھوٚت عمہ کاک بیاری کانی پیٹھ تہ
تھوون یہ کپر تھان زنی کھونہ پتہ کنہ' ہکہ ڈھیرس
تل ژور۔ ادہ کیاہ ، عمہ کاک چھہ ٚونہ بیاری کانی
ہنز ہیر پیٹھہ بون وسانے تہ بونہ بہت سارنے بأژن
ہندین ٚتھین پیٹھ چھہ ٚونہ لیدریار تہ بدستوریی ز
سأنس آنگن برس گژھی تن زورہ زورہ ٹھک ٹھک ۔
اغلب اوس ز دون ژون بأژن گژھہ ہن غأیلہ تہ
ووتھہ ہا ماتم ز ٹھک ٹھکس سیتی گوٚو آلو۔'
" عمہ کاکا بانبریو ما ؟ بہ ہا چھیس سدری، یہ
اوٚنمووہ دود ۔ میہ دوٚپ کرفیو چھہ۔"
ٹھسہ برس آیہ ہانکل وڑھ ژھننہ تہ سدرہ گور ی
باے ژایہ آنگنس منز اتھس کیتھ دود لوٹاہ ہیتھ، تہ
گیہ شروع نو پریشانی ز سدری کیاز آیہ دود ہیتھ؟
تکیاز حقیقت چھیہ یہ ز اسی أسی نہ سدر ہندین
زانہہ تہ دود ہیوان بلکہ اوس اسہ ظاہر خبر کُژ پیو
گوٚمت رزاق مامنین دود ہیوان ، یس بیاکھ تہ بوٚڈ
گوری گرہماننہ اوس یوان۔ بحرحال سدر سمجھ
سانی پریشانی تہ وڑھ پانے۔ "دو ٚکُ حض چھوہ
بہانہ ۔"
تمہ ترأو اتھی سیتی اسنہ ہنا تہ پھیری عمہ کاکس
کن۔"وولا لالا سون حصہ کتہ؟ "
کیاہ؟ کیوتھ؟ ہاں؟ ہوی سأری سوال اٹکییہ ٚوٹھنے
پیٹھ ۔ عمہ کاک ژایہ ہا یمن حالاتن منز نار مگر
سدر ہندی اعتمادن کوٚر ٹھنڈہ ۔" ٚوچھ با میہ ٚوچھ
پننیو أچھو۔ سہ کوسہ کتھ گیہ گز پنژاہ پیٹھی آسہ
نہ۔ ساڑی ستہ روپیہ تھوتہ گز، بییہ چھے ٚونہ اسی
یأژ خبر۔"

"مطلب ؟" عمہ کاکس زنتہ آو یہ سوال ڈیکس لیکھنہ۔
" نصف ہا بایا ، بودہ مال چھا کنیہ سے شرپان ؟ " سدِ کُر وضاحت۔
عمہ کاک کھوٚت رسے بیاری کانی پیٹھ تہ کپر تھان وولُن بوِن تہ تھوون سدوٗ بروٚنٹھہ کنہِ۔ سدوٗ پھیر اتھ تتھہ کنی اتھہ پیٹھی زنتہ کپرچ کوالٹی أس وچھان تہ رژھہِ کھنڈی کیہتام اطمینان ہیو گژھنہ پتہ ونون عمہ کاکس ۔
"نہ با ایمان دارے چھکھ۔ میہ ہبا دوٚپ أڈس ما چھیہ تھس ہیری دکاری لاجمژ ۔"
بحرحال " بودہ مالہ " منز ژج عمہ کاکس اوٚڈاہ سدری ہیتھ تہ اوٚڈاہ ژُھن تمی کنیژ دوٗ ہی مفتے باگرتھ ۔ ووٗں گوٚو امہِ حرکژپتہ ہیچہ نہ تمی واریاہن دوہن سانہ گُر کین زٹھین سیتی اچھی رلأوتھ بلکہ واریاہ وری گذرنہ پتہ تہِ ییلہ زانہہ امہ واقعہچ کتھ وژھ تس پھیور ووشلُن تہ تمی کُر موضوع بدلاونچ کوشش۔ میہ چھہ ثیقہ یقین ز لوٹس منز شرکتک یہ معاملہ رود تس ساری ومبرشرمندگی ہند احساس دوان ۔
عمہ کاک اوس نیتھر ہ ویتھرہ ویغاریی ۔ پٔنُن بینیاہ بویاہ تہ اوسس نہ کانہہ۔ پوپھتری، مامتری أسس کینہہ مگر تمن سیتی أسس نہ برابری یوان۔
دلچسپ چھہ یہ ز اکھ پو پھتر بوے اوسس دویہ یا ترییہ لٹہِ ریاستی کابینہ ہک اہم وزیر تہِ مگر تمی أسس ' بقول عمہ کاک' کرتام روپیس پانژھ کِنہ ژور ہتھ پھند کُرتھ نمتی۔
عمہ کاک اوس وندہ کین کینژن ریتن امرتسر

گژھاں ییتہٕ سہ کٹرہ آلو والیاہس منز چایہ ہندس
اکس بٔ ڈس ہول سیلرس نش روزاں اوس ۔ تسنز کأم
أس افغانستانہ پیٹھہ ینہ والین پشتو باپارین تہ
امرتسرکس لالس درمیان ترجمہ کار سنز آسان ۔
تمی کر تہ کتھہ کنی اوس پشتو تہ پنجابی
ہیوٚچھمت یہ تہٕ آو نہ اسہٕ زانہہ سمجھ ۔ ترجمہ کا
ری سیتی سیتی اوس سہ یمن افغانی تاجرن ہندِ
باپت اکھ Mess تہٕ چلاوان ییتہٕ سہ تہنز پسنز ہند
کھین چین رنناوان اوس تہ ہتس ؤہ روپیہ نفع
تھأوتھ شامن نقدی حساب موکلاوناوان اوس تہ
اتھ سأری سے آوریرس سیتی اوس سہ اکثر مسجدِ
جان محمدس منز لاوڈ سپیکرس پیٹھ بانگ تہٕ
دوان۔
کشیر اوس وندہ کٹھ کارٕ تہ اسی أسی وونی وازہ
پور پیٹھہ لعل بازر بسنہٕ وتھی متی۔ عمہ کاک
اوس حسبِ معمول امرتسرہ زٕ اتھی منز پییہٕ ٹیلی
گرام وأتتھ زٕ عمہ کاک ہسا سپدیو۔ ادہ کیاہ گری
گرس ووٚتھ ماتم ۔ بوٚنہ شاہ صأبنہٕ مسجدِ
منز پورس غاییانہ جنازہ۔ ژورم کوٚرس تہ بہ دراس
پیترس سیتی امرتسر کن عمہ کاکنی قبر ژھانڈنہٕ ،
تسنزٕ أخری گرٕ ہندی حالات زاننہٕ۔ بہ اوسس امہ
برونہہ تہٕ اکہٕ لٹہٕ امرتسر عمہ کاکس نش گومت۔
علاقہ تہ جاے أسم ویدی۔ لہذا آیہ نہ اوٚت تام
واتنس کانہہ دشواری مگر اوٚت وأتتھ ییلہ میہ پنن
پیتر بونہ کنہٕ سڑکہٕ پیٹھ تھوو تہ پانہ کھوٚتس
پھٹمتیو کوٹھیو ہیورلالہ سندس تتھ مکانس منز
یتہ عمہ کاک آسان اوس' میہ ژٕج کھورہ تلہ میژ
نیرتھ ، أچھن بیٹھم ژھانپھ۔ تکیا زٕ عمہ کاک اوس بہ

نفیس نفیس کُرسیہ پیٹھ کھور جوراہ کھألتھ فلٹر
سگریٹاہ اتھسٕ کیتھٹتھ ترین
افغانین سیتی پٔشتو پاٹھی محو گفتگو۔
عمہ کاکس سیتی سیتی ییلہ افغانیو تہٕ سأری
روداد اسہٕ نش بوزی تہ امرتسر کس چایہ بازرس تہٕ
یہ کتھ پھہلییہ، وچھان وچھان گٛوو تنبہ۔ اتھ دوران
اوس اکھ چٹہ پٹھاناہ بار بار میہ کیہتام پشتو
پاٹھی ونان۔بہ ییلہ تنگ آس میہ پرژھ عمہ کاکس
لووتی ژیہ کیاہ ونان؟
تمی نیوس بہ اۆک طرف تہ دۆپنم۔ "یہ چھہ پاگل
۔امس چھہ ازی کابل واپس نیرن تہ دپان چھہ ٹیلی
گرام چھیہ دشمنو دژ مژ۔ پیٹھہ چھہ میہ شامن
واپسی ہند جہازہ تہ ہرگاہ شام تام یہ دشمن اتھہٕ آو
نہ تیلہ ؟"
" تیلہ ؟ " میہ پرژھ چاری پا ٹھی۔
عمہ کاکس وو تلییہ وٹھن پیٹھ اسن رکھاہ تہ
وۆتھم۔
" دپان ہسا تیلہ تہٕ نہ پرواے بٕرن کینہہ۔ بہ یتھے
افغانستان واتہ بہ کرہ امہٕ واقعہک ذکر پننین
ژوشونی نیچوین نش۔کانہہ نتہ کانہہ لبہٕ امس
دشمنس ضرور تہ ژ ھنیس
مأ رتھ۔".
یہ بو ژتھ وۆتھس بہ پیترس ژجان گٛوو اسی گژھو
فوری طور عمہ کاک ہیتھ کشیر کن روانہ تہ رود
سوال ٹیلی گرام سوزن وألس دشمن سند تہ
تسندس تلاشس منز یمن افغانین ہند' دوشوے
کروکھ خودایس حوالہ۔ تس آو معاملہ یکدم سمجھ
تہ اسہٕٹو بس۔ نتہ ما آسہ ہو ونہٕ تہٕ ووپر شہرس

منز پُلسہ تھانن ، عدالت وانن تہ خبر کمن
پختونستانن ہندی چکر لگاوان۔
کشیر وأتتھ پیوو عمہ کا ک ژور ژور گرہ ژانٛنۍ ۔ وۄہمہ
اوس وتہِ گۄژھ نہ کانسہ تس نفرس بتھہِ یون یُس
اہندس جنازِ غایبانس منز شامل آسہِ گۄمت۔ نحقہ
پحقہ گژھہِ تس بِچأرس غش۔ عمہ کاک رود امہ
واقعہ پتہ تہِ الہ پلہ ورِی داہ مرہ تہ چھیکرس
گزریوژھوپہ دوپہ کُرتھ کرمیشور بڈگامہِ پننس
آبایی کٹھس منز ، یہ زاننہ ورائے ژ تہندِ مرگچ اپز
ٹیلی گرام کمیٲس سوز مژ ۔ میہ بعضے باسان یہ
ما آسہِ ہا تمی جنت گارن پانے سوزنأومژ، محض یہ
زاننہ باپتھ ژ رچھن وألس چھا دگ زیادہ آسان کِنہ
رچھنہ ینہ و ألس۔

()

# ڈاون ٹاون زندہ باد

لوکچارس یمو دلچسپ لوکو، کردارو، واقعاتو تہٕ
منظرو میأنس ذہنس پیٹھ سنیٕ تہٕ زبردست اثرات
تراویٚ تمن منز چھہٕ اکثرن ہند تعلق پایین شہرس
سیتیٚ۔ میہٕ چھیہٕ نہٕ یہٕ کتھ وننس کانہہٕ گال باسان
زٕ میانین اکثر تخلیقاتن پزنہٕ پاٹھیٚ زو زیتہٕ بخشن
وول چھہٕ سرینگر شہرک یوہے ڈاون ٹاون ایریا۔
اکھ سہٕ علاقہٕ یُس جٹن تہٕ جشنن باپت ہمیشہ
سرس رود ، ییتہٕ کین بسکینن وچاپہٕ ، رزیلہٕ ، کمینہٕ،
سرحدیٚ، تریڈ تہٕ خبر کیا کیا ناو دیٖکھ۔ ییتہٕ کین
نصف کھوتہٕ زیاد ہ شیٹھہٕ وہرین یہٕ کتھ ونہٕ تہٕ
باریٚ تھپ ہش دِلس بہت چھیہٕ زٕ 1965 کس
جنگس منز تُر پاکستانکس فیلڈ مارشل ایوبؔ خان
سنزکور پانہٕ اکھ تیز رفتار جنگی جہاز ہیتھ ییور۔
چھمب جوڑی نش ترِوُن ہندوستانیٚ فوجس پیٹھ
بم۔ ڈلہٕ منزہ کھولن کھلہٕ وتھر تہٕ درایہٕ بہٕ سلامت
واپس پاکستان۔ یم چھہٕ تِمے سیدیٚ سادہ لوکھ
یمن ونہٕ تہٕ اندری یتھ کتھہٕ پیٹھ شکوک چھہٕ
زٕجرنل ضیا الحقن کیا آسہٕ ذوالفقار علی بھٹوٗہس
پزیٚ کِنیٚ پھاسیٚ دیاومژ۔ مہراج گنجُک مہدہ نأود
چھہٕ ونہٕ تہٕ سوال کران۔
" نہٕ حض تہٕ بھٹوصأبنیٚ میٚت کوٚت گیہ تیلہٕ ؟
پھاسیٚ مانہٕ ہو لاش ہاویٚ زٕہا؟"
از تہٕ ییلہٕ بہٕ أچھ وٹتھ ڈاون ٹاونس اکھ نظر چھس
دِوان میہٕ چھہٕ تم بہٕ شمار کردار أچھن تل یوان
یہندیٚ سیزرہ پزرن، معصومیتن ، کم عقلی یا بے

خبری ، عقلمندی تہ آگہی حتاکہ زیرک فطرتن بہ
سخ متاثر کۄرمت چھس ۔ نی تون علی کاوہ۔امس
گیہ وأنساہ اکھ ملایہ قُلفیٖ کُنٲن ۔ دلیپ کمارن
اۄگر تھۄگر تصویراہ چھن رٟی پٕ ننژہٕ مرہ برونہہ
کستام ٹینڈی کھاوی لدس اتھۍ پننس ریڈس پیٹھ
بناونومت ، یتھ دہی دوہس دجہ سیتی پھش پھش
چھہ آسان دوان۔امس یوتے محبت دلیپ کمارن چھہ
تیوتے لگاو چھس کرکٹک۔ اوتتام تہ گییوو ٹھیکھے۔
ووں گۄو سانہ لوکچارہ یتھ جرمنی ٹرانسسٹرس
پیٹھ یہ کمینٹری بوزان اوس، سہ آسہ الہ پلہ
کشیپ ریشی سندِ زمانک۔ تتھ تہ اوس نہ کینہہ۔
دپھ یمہ ساتہ میچس دوراں ٹر انسسٹرس کھر کھر
گژھان اوسس ،امی سند ﮨتھ اوس وچھنس لایق
آسان۔ یہ اوس گرا ہ ٹرانسسٹرس اکھ تان ہلاوان تہ
گراہ بیاکھ، تہ اکثر ییلہ ٹرانسسٹر ٹھیک کرنس منز
ناکام سپدِ ہا یہ دیہ ہا کنی کریکھ۔" لیکھی تو
ڈران... " (تسند مطلب اوس میچ Draw گژھن
آسان)۔
" کٕہو علی محداہ ؟ "
’’میچ ہسا تہ کیاہ۔ وچھان چھوہ نا اۄوبر کیاہ
کھۄت تتہ۔ ریڈیوس تہ چھہ نہ کینہہ یوان ۔"
یہ اوس علی کاوس پنن ترک ،تہ سیتی پننس
جرمن ٹرانسسٹرس پیٹھ اعتماد ۔ تس اوس ﮨتھ ز
کرکٹ میچس دوران ییلہ ییلہ تہندس ریڈیوس
شور تہ کھر کھر گژھان چھہ، تمیک خالص وجہ
چھہ اۄبرہ نب آسان۔
یتھے بیاکھ صأبا اوس گُلہ کاک۔ پیشہ کنی ڈونی
ہچہ چھان۔ وأنس آسہ ہس تمن دوہن ؤری ژتجہی

مرہ۔یہ گیوو اژون تہ نیرون کأنسہ اکس تہٕ کانہہ تہٕ اکھ سوال کرن وول۔کوچہ پکہ وون پرژھہٕ ہا کلہ ہیٛور کُن تُلنے کأنسہٕ تہٕ'

"اپارئ ما اوس ووستہ میون ؟ "

حقیقت چھیہ یہ زٕ شایدے اوس پور ہ محلس منز کأنسہ اکس پتاہ زٕاٛوہند ووستہ کُس اوس۔ اکہ دوٕہہ وچھ میہ گُلہ کاک بازر پیٹھہ بوٹس پألش کرناوان ۔ بہ ژجیوس سیٛودے، مگر کوٛت ؟ نظر پیوونے لأینم کریکھ۔'

"ہے پیارئ، ژہ کوٛت دراکھہ؟ گھرے اژکھہ؟ زٕو وندے اپارئ ہرگاہ میہ کانہہ ژھانڈان اوس دوٚپتھس یکیا پکان چھہ۔ بوٹس چھہ پألشہ پھش کرناوان۔یاد تھووتھہ؟"

میہ گیوو متھ متھ زٕ دپس ۔"ہتا یارہ ژیہ کُسو ژھانڈئ ؟ یا ژہ کُس با اہم شخصیت چھکھ؟ ادہ چھکھ بوٹس پألش کرناوان؟ "

مگر گُلہ کاکن برم پھٹراونچ ہمت گیم نہ ۔یمن ان پڑھ تہ نیم خواندہ لوکن منز باگ اوس اکھ صدیقی صأبا تہٕ ۔ پیشہ کنئ ماشٹر۔ یام کُنہٕ تہٕ کوچس منز ، سڑکہ پیٹھ یا مآدانس منز شرئ زہ ژور گندان نظرگژھنس ،ساری بدنٛک خون زنتہ اوسس تُھس پیٹھ ووتلتھ یوان تہ ساریٚسے سماجس، ساریٚسے نظامس اوس فاش پرنہٕ بیہان۔ "خبر کوکن چھہ یہ قوم لمان۔ کوسہ ییرہ ونئ ناو گژھہٕ یتھ۔۔لاحولہ ولا۔۔۔ "

تہ اتھی منز ییلہ کانہہ یہ وٚنتھ مداخلت کر ہس زٕ ہتہ حض پرٕتھ کُس طُرہ کرن یم۔ صدیقی صأب اوس فارسی شروع کران ۔ ان پڑھ تہ جاہل محلہ

والین کریم نامہ ، گُلستان بوستان ، حتی کہ رومی تہ سعدی فکرتاران تہ اتھ دوران ہرگاہ حبیب شیخنی جانہ پوپھہ تہِ برونہہ کُن وأتتھ پییہ ہا معاملہ اوس مزید سنجیدہ بنان ۔ " ہتہ حضٕ ماشٹر صأب کیا چھکھ کران۔ پۄرہے حضٕ! وچھ کم پرن؟ گوڈہ بہ دپان لسہ ہن ہے ،اسہِ اوس تی سیٹھاہ ۔" صدیقی صأب، یِس زنگہِ ڈوچر پھن اوس ، اوس چھتہ ہیو گژتھ پننہِ ناتوان کھورہ سیتی شرارتہ ہۄت بجلی کوٹس لتھا دوان دأرتھ تہ جانہ پھوپھہ أسس پننی یہ دانایہ دہر راےدِوان زِ پٕ رتھ لیکھتھ چھہ شُرین تکبر گژھان۔ شرم حیا راوان۔ یہ اشارہ اوس ژکہِ صدیقی صأبنین شرین کُن آسان۔
بیاکھ اکھ دلچسپ کردارا اوس سانہ محلک مونگا پولیس ۔یہ اوس پانی پانے تمی پانس ناو تھومت۔اصل ناو اوسس ظاہر غلام احمد یا غلام محمد ۔ ونان أسیس مونگا پولیس یا غلام کریڈہ ۔ مونگا پولسچ کتھ چھیہ یتھہ کنی زِ دپان کرتام دراو غلام کریڈہ جندہ گرس نش انمژ پرانی فوجی وردیاہ لأگتھ محلہ والین رعب داب کرنہ تہ پھہلو ون زِسہ کوٹھ چھہ وونی پُلسہ افسر۔ واریاہن د وہن ییلہ یہ وردیاہ لأ گتھ ہٹرہٹرپھیرنہ لۄگ محلہ والین گۄو کہتام شک تہ پرژھہس زِ ژہ کتھو پولیسس منز چھکھ یارہ؟ دپان امس گیہ گٹھ گوجہ تہ ژۄلس ہکہ نیرتھ مونگا پولیسس منز۔
" مونگا پولیس؟؟ تہِ کیاہ گۄو؟" کمی تام پرژھس۔ غلامسٕ گیہ بییہِ گٹھ گو جہ تہ ڈۄپنکھ۔" ییلہ ستھرہیکہ مونگا أستھ پولیس ہیکہ نا؟" محلہ والین گیہ اسی اسی نیل۔ دپان امہ واقعہ پتے وۄن

کمی تام محلہ والی غلام کریڈس زیم شوشہ مہ کر، نتہ پیہ نے ہتھکو تہ تمی ژھنی نالہ منزہ وردی کڈتھ ۔ووں گوٚ و موٗنگا پولیسچ لیبل روزس ومبر ڈیکس سیتی چپکتھ۔
میہ چھہ پانس اندی پکھی یتھی بیہ شمار کردار وچھمتی۔ نیتون میون دوست ہٹو جیؔ۔ عام پاٹھی یمس ہٹہ بٹہ ونان چھہ۔ میانہ خیالہ اوس یہ پورہ شہرِ سرینگرک کُنے بکرہ بٹہ کوٚٹ۔ سہ تہ تیوت بکرہ یمس ٹیوٚٹھ بکرہ ونو۔ یہ اوس اکژ اسہ ونان آسان ز " اکے طماہ چھم مولوی صأب گوٚژھ اکہ لٹہ چیف منسٹر بنُن"۔
"پتہ کھو گژھہ؟ " میہ یام اکہ دوہہ پرژھس ۔ ہٹو جیس پھیور بتھس عجیب رنگ ۔اچھن کھوتسٕ خمار ہیو تہ پننہ کنہ پھیژہ ووشلاوان ووتھم۔" کھنی نا مدر ہند مرن دپھ بہ تہ نیرہ ہا اوپن جیپہ منز سبز دستارا گنڈتھ ۔ اسی تہ ونہ ہو آو ہاآو ہا پادر سہہ۔"
ہٹو جین خواب تہ گوٚونہ پورہ کینہہ تہ کٔر کشیر پیٹھہ بٹو مایگریشن ۔ ہٹو جیس آسہ ہن دِلہ آمتس کڈ تام
ریتھے گمتی زیہ آو میہ نش کناٹ پلیس کِس کافی ہومس منز سادہ کاکذ ورقاہ ہیتھ ۔
" لیکھ سا بایا اردو پاٹھی چٹھی۔ میہ ما چھہ اردو تگان۔"
میہ دوٚپ دپس ژیہ کوسٕ با زبان چھے تگان؟ تکیاز حقیقت چھیہ یہ زہٹو جیؔ ہے ہیجہ ویجہ کڈتھ اردو پاٹھی پنن ناو پرتھ ہیکہ دپھ ہند ی یس منز تگیس نہ تہ تہ۔

بہرحال ۂٹہ بٹہ چھہ میہ ڈکٹیشن دِوان تہ بہ چھس چٹھی لیکھان۔
"--- بوبہ لالہ کو بھی سلام ----دیگر صورتِ احوال یہ ہے کہ ؤری ختم ہوگیی---"
بہ گوس ہنا غوطن تہ دۄپمس۔" توہہِ ہا گے شیی ریتھ آمتسُ وُنہِ--"
ۂٹس آو اسٕن تہ دۄ پنم ۔" أں ۔ ادہ؟ ژہ لیکھ چٹھی۔ لیکھ ژہ ؤری ختم ہوگیی ۔"
" اِہنو ؤری مطلب؟" میہ ئزھ کتھہِ گینی کڈنی۔
" ؤری ہا۔ مصالحہ ؤ ر۔ اردو پاٹھی ونووس نا ؤ ری ؟ "
ۂٹو جی اوس میہ اسان اسان فکرِ تاران تہ بہ اوسس دِلہ اندری دہلی منز مایگرنٹ سنز زندگی گُزارن وألس ۂٹہ بٹس منز ڈاون ٹاون سرینگر کین کردارن ہنز انفرادیت وُنہِ تہِ بہ سلامت تہ زندہ وچھان تکیاز یمہِ وز دۄیم عام بٹہ مایگرنٹ چھپن جاے ،مالی ریلیف یا دۄیم مراعات ژھانڈان أسی، یہ اوس تمہِ وز میہ اتھہِ محض ؤر انناونہ باپت چٹھی لیکھناوان تہ یہے أس اہنز ساروے کھتو بۓ ڈ ضوررتھ ۔

()

# حسہ کلیا شوگہ ہا

صادقہ یتھے صبحن نندر ووتھ ، پورہ محلن کھیٚوو تراس تکیاز نندر ووتھُونے لأے تمی دار کنی پننس ژٕھس بأ یس کنی کریکھ ۔"حسہ کلیا شوگہ ہا ہو..."
تہ اتھی سیتی لۆگ زورہ زورہ ٹین واینہ۔ وچھان وچھان آو محلی محلہ ژٕستھ۔ سأری گیہ ڈٕ یگہ ہندس دروازس پیٹھ جماہ ۔ حالانکہ حقیقت چھیہ یہ زٕ سارنی محلہ والین اوس پتاہ زٕ ڈیگہ ہندِ گو ہیکہ کُنہ تہِ وز کانہہ تہِ کریکہ ناد پیدہ گژتھ ۔ ظاہر اوس از تمن صادقُن یتھہ کنی ٹین واُنی کیہتام نۆو باسان تکیاز عام طور اوس سہ یتھین موقعن پیٹھ

ٹھولہِ ہنا ڈِوان دأرتھ ۔پتہٕ سو انسانس پیہ زٕ ہا یا دوسہِ، نتہٕ ادہ بجلی کوٹس ۔ یتھین موقعن ونتھ چھہٕ میون مطلب لڑایہ جھگڑک ۔ تکیازٕ محلہ والین اوس کریکھ بوزتھ تی شک گومت۔ اندری اوس صادقہ برابر کریکہ ڈِوان زٕ 'شوگہ ہا ہو۔۔ شوگہ ہا ہو ۔۔' تہٕ نیبرہ أسی لوکھ پریشان زٕ آیا شوگہ کپاری گیہ یور وأتتھ؟

معاملہ اوس یتھہٕ کنی زٕ دوہ جوراہ برونہہ اوس صادقن کتہِ تام آنچہ ژومبرہ تھٲود ژننی کلی مولا اٚونمت تہٕ یوہے اوسن پننس زہ گز ڈایہ گز وگوی راد نما آنگنہ کس اکس کونجس منزٕ وتھ نیو مت۔ صادقس اوس کالہ کمی تام یہ وٲونمت زٕ ژننی کلین چھہِ پھلے نیرنس پیٹھ شوگہ پیوان لہذا وتھی‌تن یہ صبحأے تہٕ لأگی‌تن پانس سیتی سیتی پننس زیٹھس بأیس حسہٕ کٕلس تہِ شوگہ رأچھ

۔حسہ کلی تہِ اوس نہٕ کمس ۔دوہا اکھ بنیویو' یہ پییہ تن صبحأے سأنس اکس دوستس نش وأتتھ۔؛ "ہے بابا ون سا ساوتھ افریقہس کیتھ چھہٕ جھنڈہ؟ "

سون دوست گٚوو غوطن۔

"ییتہِ لگہِ نا انڈیاہس تہٕ ساوتھ افریقہس ون ڈے۔"

حسہ کلی کٔڈپننی کنی کتھہِ گینی۔

" ادہ؟" حسہ کٕلس یام یہ پرژھنہ آو، تمی کٔر وضاحت ۔ "سونچان اوسس بہ تہِ گژھہ میچ و چھنہِ ۔ اتی مار افریقی پلیر چھکہ، اسی ہلاوو تہندِہ ملکک جھنڈہ ہو ہس منز۔ مزہ ہیو ییہِ۔ عزتہ ہنا روو ' بییہِ کیاہ؟"

بہرحا ل کینژ دوہی واٹناو حسہ کلی سژ وانس

پیٹھ مختلف رنگن ہنزہ دجہ ٹرہ داہ پنداہ تہ دراو
ڈاین ہتن روپین ہنز ٹکٹ ملی ہیتھ ۔ افریقہک
جھنڈہ نکھس لدتھ شیر کشمیر کرکٹ سٹیڈیم انڈیا
تہ افریقہک ون ڈے وچھنہٕ۔ شامن باگی ییلہ بہ تہ
اعجاز بانڈے صادقہ نس وانس پیٹھ واتی ، سہ او
س وٹھ پھیشان ۔
"ماجہ خداے ہا پریشان تہ میہ اندری زہر۔"
صادقہ لۆگ اورک یو ر وننہٕ'اعجاز بانڈے ین کٕر
لوتہٕ لوتہٕ اسنہ ہنا تہ پرژھنس ۔ "نسا تہ وجہ؟"
صادقس آسہ آبہ اچھ ۔"یہ نیوکھ نا حسہ کۆل
کرکٹ سٹیڈیمہٕتھ ۔ گیٹس پیٹھ ژھنی ہس تھپھ
۔ ڈۆپھس جھنڈہ ہیتھ چھہ نہ اندر اژنس اجازت ۔ یہ
کتھ مانہٕ ہکھ ۔ڈۆپنکھ یہ گۆو ڈیکریشن تہ ترأون
کس تام ڈی ایس پی یس نالس تھپھ تہ ژٹنس
وردی ۔ ووٕنی چھے کوچھہٕ باغہ حوالات۔"
میہ تہ اعجاز بانڈے یس زنتہ أس ہمدردی تہ دلاسہ
دنکی ساری لفظ راوی متی۔ صادقہ اوس ووٕشس
پیٹھ ووٕش تراوان'
"ماجہ خداے چھ نا پریشان ۔ صرف چھہ دپان
خبر جیلس منز کیا آسیم حسہ کۆل کرٕان ؟ "
"ہا تس ہا تراون پگا ہ تام یلہ۔" میہ ووٕن صادقس
ہمدردی سان۔
"نتہ کیہو گژھس کرنی؟" اعجازن کٕر یتھ پاٹھی
میانہٕ کتھہٕ تایید ۔ صادقن تراوی سریہجو اچھو اسہٕ
دوشونی کن نظراہ تہ سگریٹس زیوٹھ داماہ لمنہ
پتہ ووٕتھ سیٹھہے
سنجید گی سان ۔

"ہے بو زو سا بایو امس ہسا تراوہِ پولیس یلہ۔
سی آر پی یا ملٹری نش تہِ اگر بند آسہِ تم تہِ
تراونس مگرٕ بہ ما تراون ؟ یہ گژھہِ نیرنے یو ت
نیبر،بیلہ نہٕ نره زنگہ پھٹراوس تیلہ ونی زیوم ۔ اده
چھہ دوٕن ورین میہ زٕبوٹھ ؟ ڈاین ہتس روپیس
انیہٕنے ٹکٹ تہ گیٹہ پیٹھے رٹنوونے پان ۔ ہتا گوٚڈه
وچھ میچ پتہ کر کیاه چھے کُرن؟" صادقن روٚٹ
دندن تل دچھنہِ اتھک نیٹھ تہ ظاہر لاْگن حسہ
کلس ژپی ہینیہ حسہ کٕلس آو دوٕن دوہن تفتیش
کرنہ۔ ریاستی پولیس تہ دویمن ایجنسین ہندی
انٹروگیشن والی بیٹھی حسہ کلیہ نس افریقی
مارکہ ژھانڈنہِ تہ (ISI) جھنڈس آیی ایس آیی یک
چھیکرس گیہ مجہ کھیتھ سرد تہ بنییہ حسہ کلنی
مرید۔دپان کوچھہِ باغ تھانس منز ژاو یمن دوہن
دویہ تربیہِ لٹہِ تمہِ زمانک مشہور ومعروف ڈی
آیی جی پولیس تہ حسہ کوٚل اوس تس وچھتھ حوا
لاتہ اندره پیٹھےٕ کریکھ لایان۔"ہے علی محمدا اسہِ
چھا تیلہِ یتی روزن ؟ ماجہ ہند مرن چھکھ بڈه
گنده۔"
ڈی آیی جی صأبن دیت نہ حسہ کلس کن کانہہ
توجہ۔ ووٕن گوٚو ایس ایس پی ٹھاکر ساب دراو لعل
شناس تس توٚگ حسہ کوٚل پرزناون تہ تراوناون سہ
تھانہ منزه یلہ۔ حسہ کٕلس تہ ٹھا کر سآبس أس پتہ
واریاہس کالس دوستی ۔ ٹھاکر صأب اوس حسہ
کلس پنین شرین بأژن منز تہِ بیہناوان بلکہ او س
گاه بہ گاه تمن شا پنگ یا سینما سوزنہ وز
سیکورٹی گارڈس بدلہ تہِ حسہ کلی سے تمن
سیتیہ دوان۔ٹھاکر صأبنہِ دوستی پتے کھوج حسہ

کلی زنی منڈی تہ رود واریاہس کالس ژتجہی کلو نیہ پرمانہ بدلہ کنڈس اکہ طرفہ کھستھ لوکن سرکا ری زبن تولان ۔ پتہ آیہ گیس دان تہ وو ت یہ واپس وانہ پینجہ پیٹھ ۔ پیاری او س صادقہ پانہ وتھرن چونہ تہ کتھہ متھی متھی زنتہ پانہ تہِ متھنہ آمت ۔ سہ اوس پھری پھری یمن دوہن اکے کتھ ونان آسان۔"بھایہ اسہِ چھیہ نوکری کرنی سہ تہِ بنکس منز تہ صرف بنکس منز۔"

یہ کتھ چھیہ دلچسپ زِ صادقہ اوس اوٚت تام صرف اکہِ لٹہِ بنکس منز ژامت ۔ کمی تام نفرن أسس روپیس ترین ساسن ہنز چیک دژ مژ۔ یوسہ بنکس منز باؤنس گیہ تکیاز چیک دنہ والس أسی نہ تتہِ پونسے ،مگرصادقن لأج بنکس منز لڑأے تہِ اوس بنک والین اکے کتھ ونان ۔

"ہے بابا یہ دٔندر زانونہ اسی ۔ اسہِ چھیہ روپیس ترین ساسن چیک، اسہِ دیتو روپیہ ۔ ہرگاہ نہ چھوہ چیک بک کیازچھوس د یتمت؟"

بنکک منیجر اوس صادقس ٹھیک پاٹھی زانان تہ یہِ تہِ او سس پے زِ صادقہ چھہ "جمبو ٹاییک" لہذا دِتِن ژھوپہ دم کرتھ تس پونسہ تہ اکاونٹ ہولڈر سند گرہ کوٚرن تم وگراونہ باپت چپراسی روانہ۔

ظاہر گنییہ امہ واقعہ پتے صادقس بنٛک نوکری ہنز ماے تہ تمی لو گ صبحن تہ شامن سوٚرہ ٹینگہ کنی کھسن وو ل اکھ بنک آفیسر ستاون۔

"ہتہ ہے ییاری... اسی لگو نا اتھ چانس بنکس منز چپراسی تہِ ؟"

افسرس وچھتھ دیہ ہا صادقہ وانہ پیٹھہ کنی
کریکھ۔ افسرن کھییہ گوڈہ گوڈہ کتھے مگر
معاملہ ییلہ ناوہ ریژھن تہ
"جوما ٹیں" ہوس مقامس ووت ،افسر کری تن
صادقس نرتھپھ تہ نیہ تنس پننس ساروے کھوتہ
بۂ ڈس حاکمس نش ۔ دپان افسرن توأ بۂ ڈس
صاحبس کھورن تل ٹوپی تہ ہیژ نس صادقنہ باپت
چپراسی سنزنوکری بیچھتھ ۔ بہر حال صادقہ چھہ
بہ شانی جم از تہ اتھ بنکس منز چپراسی تہ چپراسی
گیری سیتی سیتی چھہ " جمبو گیری" ہند کردار تہ
برقرار تھوتھ تہ دپان منزہ منزہ چھہ حسہ گلس
شوگہ رأچھ تہ سوزان ۔

()

# لالہ شیخ، چری تہ خضر

ادہ با تہ تس سیتی کُس ہیکہٕ ہا بتھی لاگے کُرتھ ، مجادلہ لأگتھ۔' سہ اوس پریتھ کتھہٕ پیٹھ اورے ونا ن آسان زِ ہرگا ہ توہہٕ واتُل وچھن چھووہ تیلہ وچھوٕن لالہ' یعنی بہ۔ یہ اوس لالہ شیخ ، جسمہ کنی مُشکہ تجاہ ، پلوو دلوو کنی بنگلہ دیش۔تہ تیہہ؟ زنتہ پیٖل مرژہ وانگن۔ اتھ پیٹھ یہ خوش فہمی زِ دُرس کشیر منز یم پانژھ داہ عقلمند لوکھ آسن (بقول تمی۔سندِ، ہرگاہ آسن) تمن منز چھہ سوے سرس۔

یم أسی ظاہر تریہ بأے ' اکس أسی۔آنچاری ونان۔ سہ اوس پورہ پاٹھی مۆت۔ بیاکھ گیوو چری۔ سہ اوس نیم خام تہ تریم تہ کونژھ ہیو اوس یوہے، لالہ۔ پایین شہر کین مختلف علاقن منز وانگج وأرس روزنہ پتہ پیلہ آنچاری یمہ دنیا دراو، لالہ تہ چری وتھی کادی کدلہ پیٹھہ لعل بازر بسنہٕ۔ ظاہر باسیوکھ بأے سندِ مرنہ پتہ ساری۔سے دُدونہ ہیو گژھان ۔ توے کنی ژٲلی پرانہٕ شہرہ تہ واتی۔لعل بازر تہ لگی اتہٕ

برلبِ سڑک اکس وانہ کھو پرٕ منز گرہستی کرنہٕ۔ وچھان وچھان بنییہ یم تہ یہنز کھوپر لعل بازر اڈج پہچان۔

گاش پھولہٕ ہا تہ چری واتہٕ ہا ڈھوکر دِوان بوٹہ کدل' نبہ کاندرنس وانس پیٹھ تہ گژھہٕ ہا شروع۔

"ہے ووستا دِ سا میہ گوڈہ لواسہ زہ۔"
نبہ کاندرنی خریدار یام تس کُن نظر دییہ ہن سہ
برہا ناستہِ بۆکا دندن تہ ونہِ ہا نبہ کاندرس۔" ہسا
یمن چھیہ فرصت پیارن۔ اسہ چھہ کامہِ کارس
نیرن۔"
سارنے ژلہِ ہا اسن کھنگالاہ نیرتھ تہ چری لدِہا
ڈیکس درکھہ۔" نہ سا تہ دِہم لواسہ زہ کِنہ بہ
کھالہ مہراج گنجے؟" بوڑہ کدلہ پیٹھہ مہرا ج گنج
وستھ لواسہ زہ
کھالنچ دھمکی دِنہ وول چری اوس ڈے دوہس
لعل بازرہ پیٹھہ مہراج گنج ، زینہ کدل ،خانیار تہ
خبرکپاری کپاری پھیری‌پھیری خبر کیاہ کیاہ ہۆکھ
اۆدر انان تہ شامن لالس برونہہ کنہِ پننی کمأے
تراوان۔ لالہ ووتھہِ ہا آرام سان نوء داہیہ بجے ہیو
نیندو ۔ وانس برونہہ کنہِ کس ہۆکھی متس وو
کلس اندی اندی تراو ہا چونہ سیتی بۆڈ پھن
دأیراہ ہیو تہ بہیہ ہا تتھی لکشمن ریکھایہ اندر۔
سنداںہ تہ بوٹ پألش کرنک باقی سامانہ بیترِ ہیتھ
تہ اتی لایہِ ہا پننہِ کور خضر کریکھاہ "ہتیے
شِکس... میہ مألس دِ ز ہا قہوہ پیالے بنأوتھہ۔"
تہ اتھی‌منز ییلہ پلو پو شاکہ کنی کانہہ جان پھن
سأبا تپاری پکہِ ہا تہ لالہ تس مخصوص اندازس
منز "اسلا م علیکم" دپہ ہا ، خضر بڈِہ ہا اشتیاق
تہ پرژھہِ ہا مألس۔
"لالہ یہ کُسو؟"
سہ أسی ز ہا کانہہ اکھاہ تہِ، لالہ تھوء ہا تس تی
ناو تہ سے شناخت یہ تسندِ حسابہ تس آسنی پو
ہا۔

"کھیے گوے چاری، یہ ہیے گۆو نأیب۔"
"یہ گۆو پولٹری ہند حاکم ۔"
"یہ ہا؟ یۆہے گۆو نا تحصیلدار۔"
"یہ ہبی گۆو نوشہرہ کس خوجس زامتر۔"
"یہ گۆو ہیلتھ صاب ،رت کۆرمت خداین۔"
" ہہ ہا ؟ یۆہے کیاہ گۆو پلہ گامیک جج صأب۔"
لالہ یمس نفرس یہ کینژھا تہِ ناو تھوہا تہ یُس تہِ رتبہ بخشہٕ ہا تتھ پژھ نہ کرنک اوس نہ خضر نش کانہہ تہِ و جہ تکیاز تہنۆ نظو منز اوس پورہ دنیاہک پے پتاہ ،گیان دھیان تہ زان پہچان تھون وول شخص اکُے تہ سہ گۆو تسند مول لالہ شیخ۔ لالہ شیخ اوس بڈس بأیس چرِیہس اکژ سخ لعنہ طعنہ کران آسان تہ گاہ بہ گاہ در پہن شلکھہ ہن تہِ دِوان۔ مقامی لوکن اوس اتھ پیٹھ سخ افسوس گژھان، ووں گۆو مداخلت کرنک ہِتُر کس آسہٕ ہا ؟ لالہ ہے تہندس ازل نامس تہ بیعہ نامہ امرتسرس تام لیکو سیتی دونژھ دیہ ہا، اکھ دوہا بنییوو لالہ اوس صبحأے پگہأے چریس کتھ تام کتھہٕ پیٹھ اگادِ گۆومت تہ پسیلہ سیتی نل نکھ دگان دگان اوسس لیکہ فاش پران زاتھی منز پیہ تن سوٹاہ بوٹاہ لأگتھ سون اکھ سرکردہ تہ نأمی گرأمی کأشر شاعرا اوتن وأتتھ تہ رژھہٕ کھنجہٕ معاملک بغور مشاہدہ کرنہ پتہ کریتن مداخلتچ کوشش ۔ ادہ کیاہ، لالن کۆر انگریزن تبراہ پرنہ پیٹھہ شروعات تہ نک ٹایہٕ ہندس ناٹس ، گوگجہ آرن تہ خبر کتھ کتھ کُھرانان انان رود پھری اکے کتھ پرژھان۔

"نہ سا تہ عزت دارن کیاہ کأم واتل وانس نش؟"
شاعر صأبن وچہ موچھہ زہ تہ کڈِن کُنی ٹکھ۔ لالن
کٚور چریس
ژوٕپینڈل تہ تھوون سڑ کِہ اپارٕ بجلی کوٹس گنڈتھ ۔
خضر آیہ چلمہِ پھوکھاہ دِوان تہ پرژھن
مألس۔
"لالا یہ کُسو اوس ؟"
"کھےٚ گوٚے چاری یہِ ہےٚ گوٚو ڈاگڈرصأب۔"
بیاکھ دوٚہا بنییو لعل بازر اڈس منز' لالہ شیخنس
وانس نکھہ تِلے گیہ شامن باگی محلہ والین ہندین
دوٕن گروپن کتھ تام کتھہِ پیٹھ لایہِ لایےٚ تہ اتھ
دوران آو اکس نٔس کلس ووکھہ پھن ٹاس تہ گوٚو
مُرتھ ۔ قتلہ کس اتھ وارداتس منز اوس لالہ نہ
انزس تہ نہ منزس، بلکہ اوس سہ خلاف توقع اتھ
پورہ لڑایہ دوران پننہِ وانہ کس ٹھرس پیٹھ بہت
دمہ ٹیٹھی داماہ چوان مگر تمہ باوجود' تہ
کالہ ستھ أٹھ نفر گرفتار سپدنہ پتہ تہِ بیلہ دٚویمہ
دوٕہ ایس پی صأب جاے وارداتس پیٹھ واتی لالہ
شیخس پییہ ہتھکری۔ وجہ سُپد یہ زِ تھاندارن بیلہ
ایس پی صأبس لالہ شیخن تعارف دیت تہ ایس
پی صأبنس وننس پیٹھ لالُن بیان قلمبند ہیوٚتکھ
کُرن 'ساروے کھییہ کھریکھ ۔ لالہ شیخ ووٚتھ پنین
ٹھولہ زونہِ رنگہ دندن گندھک تجہ سیتی تچھان
تچھان ایس پی صأبس کُن۔
" صاحب بہاد ر اکھ کتھاہ ونہ ہو۔ یُتھنہ ناراض
گژھیوم "یہ اوسا کمس؟ مود جان گوس میہ تہِ ہےٚ
لتہ پونشہ کجمس اکہ دوٕہ۔"
ادہ کیاہ امہ پتہ آو لالہ شیخس دٚویمین ملزمن

سیتی خوجہ یارہ بلہ تھکھ کڈنہ۔ ییتہٕ سہ اطلاع
مطابق اند ہیتھے شین ریتن صرف پننس بأیس
چریس یہ ونی ونی لیکہ رود پران ز '
"یہ حض کر ی تمی جانہ مرگن تھاندارس سیتی
اٹی نتہ ہے میہ ایس پی صأب ٹھیک پاٹھی اوس
زانان۔"
دپان شییہٕ ریتی ییلہ ملزمن ہندی انگ أشناو
ضمانتکی کاکذ ہیتھ سنٹرل جیل واتی لالہ شیخ آو
سخ ووسہ ۔ سہ رود واریاہس کالس اکی سے
اکی سے نالہ متی کران تہ مبارک دِوان ( سہ اوس
ببارک ونان ) ۔ووٚن گوٚو جیلہ منزہ نیرنہ ووٚ
ونیونکھ۔'
"ادہ کیاہ ۔ کھسو توہی وارہ کارہ از' بہ کھسہ
پگاہ۔"
بحرحا ل جیلہ نیٖرتھ اوس لالہ بییہ ہن تہٕ
شوریومت تہ ووٚل باسان۔ سہ اوس دوہس منز دہہ
لٹہٕ چریس جلاے وطنی ہند سزا دِتھ سڑکہٕ اپار
بجلی کوٹس سیتی گنڈتھ تھوان۔ تہ اتھی منز ییلہ
بہ اکہ دوہہ ژیٖر ی انہٕ گٹہٕ منز گرہ پنن پکان
اوسس میہ وچھ دور لالہ شیخنہ وانہ پینجہ أسی
اکھ زردی تہ سوتیمژ میژتیل ڈبی دزہ ونی تہ لالہ
شیخن أسی دوکھہ زد آواز منز گیون لہراہ تجمژ۔
"وسکھ نا یارہ بلی یے/ بہ چھلہ ہے کھورہ
پھلی یے..." بہ یتھے تہندس وانس نکھہ ووٚتس،
میہ ٹھہراو ی قدم۔ لالن ٹُل وارہ وارہ کلہ تھود تہ
لوٚگ میہ کُن معصوم شری سندی پاٹھی وچھنہٕ۔
اوٚشس أسس دار تہ ووٚننم لوٚت لوٚت۔

"ژیہ بوزتھہ حض چری حض مود...دپھرن باگی بڈشاہ صأبنہ کۄر دفن۔ بہ حض گوس یتیم۔"
لالہ اوس ودن باکہ ژھٹان ژھٹان میہ خبر کیاہ کیاہ ونان تہ بہ اوسسن تہنز شکلہِ منز تہندس وجودس منز بدلیی کستام وچھان۔

()

# ٹیک وَن ٹیک ٹُو

کینہہ ؤری برونہہ چھس بہ کوچین کیرلاہس منز سمندر بٹھس پیٹھ اکہ دوہہ اکس ڈاکیومنٹری فلمہِ ہنز شوٹنگ کران۔ گرمہ کراے آسنہ کنی چھہ میہ سیتی سیتی تقریباً میانہ یونٹکی ڈٕویمی سأری ممبر تہِ خالی نکرہ تہ ٹی شرٹے یاژہ لاگی لاگی۔اسہِ سیتی چھیہ پوروا ناوچ مسماتاہ تہِ۔ تہ باگہِ برژ آسنہ باوجود چھہ تسندی پلو تہِ موخصریی۔ میہ چھیہ کلس کانیو ٹاچاہ تہِ دِتھ تہ ٹی شرٹہِ چھیم Touch me notہش عبارت تہِ لیکھتھ۔ عین ممکن چھہ ز اتھ حلیس تہ یتھس ماحولس منز ما ہیکہِ ہا نہ میہ پنن مول موج تہِ پرزہ نأوتھ۔ بہرحا ل، سپد یہ ز ییلہ کیرلاہکی پلسہ والی لوکشینہِ (location) پیٹھ موجود تماشہ بینن پتھ پتھ کھالنہ موکھہ رعب داب کرنہِ بیٹھی تہ بہ اوسس تیار " رول کیمراہ تہ ایکشن" وننس ز پوروا آیہ زٕمینہ پیٹھ وٕرکاونہ ۔ تس اوس کمی تام دکہ دیتمت ۔ شرارتہ ہوت دیژ میہ لوکن کُن نظراہ ۔ ادہ کیاہ اورہ گژھی‌تن آواز۔

"ہے سلام علیکم ۔ خوجہ کتہِ گری‌کنی آسان؟" میہ کھییہ کھریکھ تہ لٕوگس پننین زنگن نظر دنہِ ز آیا میہ ما چھہ نارہ تتی ؟ نتہ کِتھہ کنی پرزنونس؟ درمیانہ قدکی شخصن وٕون پنن ناو قادہ صاٗب ۔( یقین کری‌زیو صأب لگوونس پانے ) قادہ صأب اوس رازے کدلی کنی کتہِ تام روزان تہ کیرلاہس منز اوس کرانک کِنان۔ یتھ تہِ کری زیو پژھ ز قادہ

صأ ُبی وُنن اوس ژ سہ چھہ شیشہ کھنجہ ؤنان۔
یہ گیوو کیرالہ تہ قادہ صاب۔بیاکھ صأحباہ
سمکھیوم ہریانہ کس نہار سنگھ قلعس منز
منعقد کرنہ آمتس اکس ہینڈی کرافٹ مألس دوران
۔ ناو برکت ؤنہ حشمت علی۔ سپد یہ ژ مألہ چہ
شوٹینگہ دوران لاگی امی صابن پنن پیپرماشی وان
اتی ترأو تھ، ہنگہ تہ منگہ اسہِ اندی گتھ
دنی۔میہ یلہ امیک احساس گۆو، باسیوم قادہ
صأبنی پاٹھی پرزنووُنس ظاہر امی تہِ دوری۔ توہ
کنی سونچم یورے نمہ کلامہ چأرتھ مگر کتھ سا
حالس۔ میانہ أس کھولنہ برونہے گژھی تن یہ
شروع ۔ " کیا **بھائی** صأب شوٹنگ کرتے ہو یہاں ؟
کبھی کشمیر آیے ہو؟ ہمارے ساتھ آجاو۔ کراس
فایرینگ ، گرنیڈ ، کریک ڈاون ، نشاط، شالیمار ،
چشمہ شاہی سب کی شوٹنگ کرایے گا۔ ہم ساتھ
ہویے گا نا ؟ڈرنے کی کوئی بات نہیں ہے پھر۔"
میہ أس وونی اۆہند کلامہ بوزتھ پانس تہِ زیو
رأومژ۔ لہذا پرژھمس لوتی۔"آپ کشمیر میں کہاں
رہتے ہو؟"
"میڈ یکل انسچیوٹ روڈ پر ایک جگہ ہے حول۔ وہیں
پاس میں ہے نا علمگری بازر ۔ ادھر ہی جمو ں
کشمیربنک کے پاس۔" سہ یتھے میہ نقشہ
سمجأوتھ موکلیوو،میہ پرژھمس کاشری پاٹھی ۔"
تتہِ کتین حض ؟ بابن نکھہ ہا کنہ صالح صأبنین
ہمسایہ؟"
ادہ کیا کنہ پھیژہ ووشلاوان ۆوننم ۔"ہا
میہ حض ژۆلے خریدار ۔۔" تہ کُڈن کُنی ڈِکھ۔
پتمین ترہن دویترہن ورین چھہ میہ سیتی یتھی

کھیاہ واقعہ پیش آمتی۔ دوہا اکھ بنیوو بہ چھس
بمبیہ اکس پرأنس دوستس رویندر سیتی لوکل
ٹرینہ منزباندرہ پیٹھہ چرچ گیٹ یوان ۔ ٹرینہ منز
چھیہ نہ پۆد تراونس تہِ جاے۔ اتھی اندر کھسی تن
مسامسا فٹہ ڈایہ مرہ تھۆد نفراہ ۔ جسمہ کنی
یوہے دالہ دگُنا ہیو۔ پیٹھہ امس کلس بالکل ٹینڈہ۔
ادہ کیاہ یہ گژھی‌تن میہ تہ رویندرس منزس کاٹھ
کاراہِ ہیو لگتھ ۔ رویندرن ترأو امس ہیرہ بۄن نظراہ
تہ وۆوتھ میہ کُن۔
"بہری کدلہ چھا نقاش کوچس منز تم ٹھانٹھر وان
ونہِ موجود؟۔"
میہ تروو اندری اسناہ تہ رویندر کھول بیہ أس۔
" نا مدر ہند مٗرن ڈۆکری ٹاس کیھو وسن یمس تالہِ
؟" یمہِ برونہِ بہ دمہ ہا پننی کانہہ راے،ننگہ تالہِ
وول شخص وۆوتھ اسان رویندرس
کُن۔"شوبنم ہبا گۆبراہ ۔کیاز نہ؟ "
ادہ کیا اسہِ دوشونی گۆواندری ژس۔ کینہہ آو نہ
سمجھ ز کرو کیاہ ۔ اورلوڈنگ کنی أس نہ ژلنس تہِ
وتھ۔ چرچ گیٹ وأتتھ چاوی اسی امی شخصن
اُڈوپی ریستورانس منز کافی تہ رویندر رود پانی
پانس لۆت لۆت لیکہ فاش پران۔
کاشریو بٹو ییلہ کشیرپیٹھہ مایگریشن کٔرمیہ پیۆو
لاجپت نگر کشمیر سمتی ہندس دفترس منز قایم
کرنہ آمتس ماینگرنٹ کیمپس منز کینہہ انٹرویو
کرنہ باپت گژھن ۔ خدایہ سند کُن ز اتہِ دراو نہ اکھ
زانی‌کار تہِ نۆن۔ پیٹھہ چھیہ جوان کورِہنا چارو آہو
جہ ناو ہ سگریٹھا اتھس منزٹھ میہ سیتی ساونڈ
ریکارڈنگ باپتھ آمژ ۔ اہندی کِنی باسیوس بٹن بہ

تہِ ظاہر دلہ ہندے تہ یمو لوگ وارِیاہ کینہہ وُنن۔
کینژو دژہ میہ حبہ کدلہ، رونی وار،تہ بریبہ کُجن
ہوین محلن منز پنین30، 30، 36 ،36 پور مندورین
ملی ٹنسی کِنی گمژتباہی ہنز تفصیل۔ عام
مسلمانن منز ژھٹہ مارونہِ تعصبک دِیتھم یقین۔ بہ
اوسس دلملس منز ز میہ پزیا یتھن حالاتن
منزپننی شناخت وننی کِنہ نہ؟ ز اتھی اندر نیو
چارو آہوجہ بہ بانگ دہل تمن میہ متعلق سورے
کینہہ ونتھ تہ بیانن بدلییہ نوعیت۔ شیخہ شروکین
تہ لل واکھن ہندی حوالہ دی دی آیہ 'دوٗد تہ بییہ
شکر' رلأوتھ قندہ شربت بناونہ۔ کمی تام لأے اکہ
کونجہ پیٹھہ کریکھ۔"ہسا اسی ہے باے چھہِ پانہ
وانی۔"
بیاکھا وُوتھم سگریٹھا پِلوان پِلوان۔"مندر باغ کس
ستار میٖرن بوے عبد الرشید أسیون زانان۔ تس تہ
میہ گوٚو کٔنے۔"

"سری گفواریکی غفہ کاکن چھہ پان موٚتھمت ییلہ
اسی دراے۔" یہ ونان ونان لوگ بییہ پنڈت صأبن
میژتیل سٹووس پمپ دِین۔ قہوس آیہ گریکھ
۔بزرگن اکی کجہ ٹینہ ڈبہ منزہ پانپرچہِ شیر مالہ
پونشہ۔
"یمہ ہسا پشراو نم نیرنکہِ دوہہ کالہ ژیری مجہ
صأبن۔"
قہوہ چینہ برونہہے اوس میہ یہ سمجھ آمت ز
دراصل چھہ پریتھ کأنسہ کاشرس بٹہ مایگرینٹس
پنن اکھ الگ تہ خاص عبد الرشید ، غفہ کاک تہ
مجہ صأب، نکھہ ڈکھہ تہ پشت پناہ تہ پریتھ اکس

بٹہ سندی کنی چھہ کشیرمنز اُکے سیکولر تہ امن پسند مسلمان سہ گۄو صرف تسند عبد الرشید، تہند پنن غفہ کاک تہ مجہ صاب۔ بس بییہ نہ کنہے۔

بیاکھ دوہا بنیوو۔ بہ اوسس چندی گڈھ گۄمت اتھلیٹ ملکھا سنگھس پیٹھ اکھ لوہکٹ فلم بناونہٕ۔ کالہ ژیری دلہٕ پیٹھہ نیرتھ یتھے اسی صبحن چندی گڈھ واتی ،ڈرایورن نیہٕ اسی سیۄدے اکس تتھس ڈھابس پیٹھ ناشتہ کرنہٕ یُس پرانٹھو خاطرہ سخ مشہور چھہ۔ سأنس ٹیبلس برونہہ کنہٕ اوس قدآور سردار جیا اکھ بہتھ تہ یہ اوس ناشتہ کھیوان کھیوان بار بار اسہ کُن ژورہ نظرہ دی دی وچھان۔ میہ باسیو ظاہر چھہ یہ سون کیمراہ وچھت اسہ منز دلچسپی یژھان ہاونی تہ خدشہ اوسم یہ ز وونی گۄژھ نہ یہ سردار جی فلمہ منز رول ژھانڈن ۔ یتھی کردار چھہ پریتھ ٹیلی ویژن تہ فلم یونٹس کنہٕ نتہ کُنہٕ جایہ ضرور سمکھان۔ بہ اوسس یمنے غو طن ز سردار جی موکلیوو ناشتہ کُرتھ تہ بڑٕ بۄڈ ڈاکراہ کھالان آو سیۄدے میہ نش تہ وونم۔ "ژہ چھہس سا کاشری بھایا۔ بہ چھہ سیے ترالک۔ کھیوتھس گوبی پرانٹھاہ؟ مجبوریاہ۔ نتہ کیا کھییہ انسان یمن مکرین نش؟ کنہ نہ؟ از گیہ میہ تریہ دوہ ییتہٕ۔ بہ ونس اکے کتھ بأے صأبا گرہ گۄو گرے۔ سہ بنی نہ کُنہٕ۔"

سردار جی رود میہ خبر کیاہ کیاہ ونان تہ بہ اوسس دلہ منزی ٹیک ون تہ ٹیک ٹو کران۔

()

# ٹھیپی وول

ونن والین ہند گف چھہ ز سہ اوس تمہ زمانہ شہرہ
کہ پایین علاقک تھیکن لایق کھاندر ۔دوہ پنداہ مرہ
أسی گمتی وازہ وانس طیس پیٹھ چلان۔ شرینہ تہ
بادمن أسی انبار کھتمتی، ودس تہ اسبندس اوس
دٕہ تہ ونہ ون واجینو آسہ ویگنہ تہ پتھ تراومژہ تہ
ووت پتہ یینہ و الیک دوہ۔ مہرازہ آو پأراونہ تہ
کھو لکھ گُیس، پتہ پتہ اوسس پلسک بینڈ باجہ۔
دپان علاقہ تہ خاندانچہ روایژ مطابق آو ہوور پیٹھہ
روانہ کرنہ برونہہ' مہرازہ علم صأبن آستان سلامہ
باپت سوزنہ۔ آستان چہ نیبرمہ ڈیڈٕ تل وأتتھ رودی
مشالی دون لأنن منز وودنی ، تمن برونہہ کنہ
گُیس پیٹھ مہرازہ' علم صأبس کُن کلہ نومرتھ ،
تس پتہ کَنہ بینڈ باجہ والی تہ تمن پتہ کَنہ ونہ ون
واجینہ، ادہ کیاہ اتی سپد کیہتام تیتھ ز مہرازس
گۆنڈن جنون۔ تمی کۆڈ دستارس ہور کش، پلون
دیتن چاک، گُیس کٕرن کھژہ کھور تہ دراو تر بچہ
تر بچہ کران شاہ سوار ہیو -
بینڈ ہ والین زنتہ گیہ اتھہ وٕتسی ، سورنین تہ
ڈولنٕ رأو آواز، مشالین ہیوٚتن وارہ وارہ گاش
ژھیون تہ ونہ ون واجنین سیتی سیتی أسی وونی
دۆیمین لوکن ہندی شاہ تہ اٹکیمتی تہ سارنی ہنزہ
نظرہ آسہ توری کُن درس لجمژہ یپأری سہ برق
رفتاری سان گُیس پیٹھ دراو۔
مگر سہ دراو تہ تیتھہ کنی دراو ز واپس پھیوریی

نہ زانہہ، تکیاز کینژ وہری ییلہ سہ کتہٕ تام لۆبکھ،
سہ اوس نہ سہ شخص یُس مہرازہ گُر پیٹھہ
ژجیوو، بلکہ اوس اکھ بدلے نفرا ہ، ا کھ بدلے
شخصیتاہ، اکھ بدلے نوموناہ۔
درمیانہ قد، بہ ترتیب تہ ترانژ ووتھمت ریش،
بتھس پیٹھ وری وادن ہند مل، پلون ہندس ناوس
پیٹھ لأگتھ فقط اکھ کُرہن تہ پلمہ بۆرت پھیرن،
نألی تیوتے مألہ کپرو جولناہ تہ اتھس کیتھ بھأنسو
نے ۔یینہٕ والہٕ کہ دوہ گُر پیٹھے فنا فی اللہ سپدن
وألس امس مہرازہ سنز پھچان أس وونی یی،
مگر ناو او سس ونہٕ تہٕ سے "عمہ ریشی "۔
پننہ پانہ نش بیہ خبر عمہ ریشی اوس دے دوہس
لالچوک ہری سنگھ ہائی سٹریٹ، ریگل چوک تہ
مایسمہ بیتر سِول لاینز چین سڑکن گتھ دوان
آسان، بلکہ اوس سہ یمن سڑکن پیٹھ بره بتنہٕ
ہندی پأٹھی نژان نظر گژھان، ہمیشہ اوس باسان ز
یہ چھہ جلدی منز، یا کتھ تام اہم کامہٕ پیٹھ درامت
تہ ہرگاہ نہ یہ جل جل سو کأم سر انجام دیہ
سأرسے ہیکہٕ کھُر یتہٕ ۔ أکس سڑکہ یا کوچس پکان
پکان اوس سہ بعضے اچانک تہ غیر متوقع پأٹھی
تژھ U-Turn نوان ز وچھن وألس اوس وہمہ گژھان
ز خبر بتھہٕ چھا خیرے؟۔اگرچہ سہ عام طور کأنسہ
کینہہ منگان کران اوس نہ، بلکہ اوس نہ اکثر
لوکن سیتی کتھ تہٕ کران، تمہ باوجود چھہٕ میہ
لوکھ وچھمتی تمس کینہہ نتہ کینہہ کھیاونچ
چیاونچ کوشش کران۔تس پلالہ کرن والین یمن
لوکن منز أسی کوکر بازر ، مایسمہ تہ مہاراجی
بازرکی کینہہ دوکاندار برونہہ برونہہ۔یمن اوس

پریتھ دوہہ تسند انتظار آسان۔ یام سہ بازرس منز
واتہِ ہا کانہہ نتہ کانہہ وانہ وول یا پاکأری لایہ ہا
کریکھ " آو ہا ہو۔" امہ پتہ لاگہ ہن تمی اکہ اکہ
تمی سند توجہ پانس کُن پھیرنچ کوشش کرنی،
سہ یاتہ کرِہا پأنی پانس سیتی اسنہ ہنا، تہ تتھی
سیتی کڈِ ہا کُنہِ کوچہ کنی ٹکھ، نتہ کھسہِ ہا
کانسہ اکی سنز وانہ پینجہ پیٹھہ
"چایہ پیالاہ رٹہِ ہا اتھس کیتھ تہِ کرِ ہا پانس سیتی
خبر کیاہ ووسان۔ اتھ ووسانس منز اوس نہ تسند
کانہہ تہِ اکھ جملہ تسندس دویمس جملس سیتی
واٹھ کھیوان۔ لہذا اوس بعضے بوزن و ألس تسند
یہ ووسان دلچسپ تہ مزہ دار لگان۔ تسندین بیہ
ترتیب لفظن تہ جملن منز أسی بعضے ہندی فلمن
ہندی کینہہ اڈہ ژٹی ڈایلاگ تہِ شامل آسان یم
تمی پلیڈیم سنیما کہ تھرڈ کلاسہ کس شستر برس
سیتی کَن دتھ بوزمتی آسہن۔ سہ اوس بعضے
گأنٹہ وادن پلیڈیم کس اتھ شیستر برس کن دتھ
رِوزان تہ فلمہ ہندی ڈایلاگ بوزان بوزان پننس
بُتھس پیٹھ قسمہ قسمکی تاثرات ووتلاوان۔
میہ تہ عمہ ریشس رود کینژس کالس اکھ عجیب
رشتہ، اکھ عجیب لین دین۔ سون ملاقات اوس
اکثر کوکر بازرہ پولکا ریستوارانس منز سپدان، سہ
آسہِ ہا پیالہ منزہ پلیٹس چاے پھ تھ دامہ دامہ
چیوان یا چاے چینہ پتہ پننین مألہ تہ زکامہ سیتی
ہینہ آمژن گونژن پھش پھش دوان ز یکلخت ووتھہ
ہا پننہ ٹیبلہ پیٹھہ تھود، اسان اسان گژھہ ہا میہ
برونہہ کَنہِ ایستادہ، پننس مألہ تہ مکرس کپرہ
جولنس ژھنہِ ہا اتھہ تہ تمہ منزہ کھالہ ہا اکہ روپیہ

ہند سیکہ ، عطرِ شیشاہ ( از قسمہ وینا پھولوں
کی سینٹ) تہ پلناوِ ہا تمی میہ کُن، تہ ونہِ ہم:
" ژیپے کیت چھہ... ژیپے کیت چھہ ...رٹھ ژہ یہ...از
چھہ یتے.. از چھہ یتے ... ژیپے کیت چھہ... ژیپے کیت
چھہ. "
بہ ونہس'
" ادہ سا تہ ون تیلہ ٹھیپی وول کۆت ووت؟" تہ
عمہ ریشی کرِ ہا داستان شوروع.
" ٹھیپی وول اوس ووِنیخألی ٹھیپاہ ہیتھ حال
حیران وانہ وانہ پھیران تہ اکیسے اکی سے پرژھان.
کیاہ اوس پرژھان ؟ "سہ کرِ ہا اچانک سوال تہ
میأنِس جوابس پیارنہ برونہہے ونہِ ہا پانے.
" سہ اوس تمن طوطہ سند پے پرژھان، ٹھیپس
أسی نا دأر وژھ گمژ ؟ طوطہ اوس ژۆلمت تہ ہارِ
اوس پیاران پیاران کارِخم ژامت ."امہ پتہ دِیہ ہا
سہ نژن ڈالا ہش تہ کڈِ ہا کُنی دو.
عمہ ریشی یلہ یلہ تہِ میہ ٹھیپی وأ لی سنز
داستان بوزنأو میہ باسیوو سہ چھہ استعارن تہ
علامتن اندر میہ پننی کہانی بوزناوان . طوطہ
سندس ٹھپہِ منزہ وُپھ دتھ ژلنس اوسس بہ مہرازہ
عمہ ریشینس گُرپیٹھے پھلوا ے گژھنس سیتی
تعبیر کران. پیارا ن پیاران یس ہارِ کارتھم اوس
لۆگمت سو أس میہ تسنز مہرینی باسان. اما یہ
ٹھپی وول کُس سنا اوس؟ مألک؟ خألق؟ کِنہ
وقت؟ بہ اوسس کینژس کالس اتھی دلملس منز
ز ریاستس منز آیہ اکھ بڈ تہ غیر متوقع سیاسی
تبدیلی. ڈاکٹر فاروق عبداللہ ہس نیہِ پننی
بیمہ صأبن، غلام محمد شاہن، ممبران اسمبلی

ورغلأوتھ تہ کۄرن حکومتس پیٹھ قبضہ۔ پورہ
کشیر آو زبردست کرفیو نافذ کرنہ یُس اند ہتھیے
ہفتہ وادن جأری رود ۔ بحران، تناو تہ انتشار کس
اتھی کرفیو کالس منز چھہ ریاستک گورنر غلام
محمد شاہس ایوانِ اسمبلی منز پننی اکثریت ثابت
کرنکی احکامات دوان، یتھ أیین چہ زبأنی۔منز Floor
Show ونان چھہ۔ امہ کامہِ خاطرہ چھہ باظابطہ دوہ
مقرر کرنہ یوان تہ دوشونی درین ہنزہ سیاسی
ووتلبجہ تہِ چھیہ ہنگامی شکل اختیار کران۔شاہ
صأبن دۄر چھہ دل بدلو ممبر اسمبلین دندو سیتی
تھپ کرتھ تھوان۔دویٚ مہ طرفہ چھہ مخالف گروپ
کرسہِ پیٹھ واپس قبضہ کرنہ باپت نوی نوی ژھل
ژھانڈان۔ ممبرانِ اسمبلین چھیہ تھرہِ ہندی پأٹھی
تھپہ تھپ لگان۔ اتھ صورتحالس منز چھہ سارو ے
کھوتہ زیادہ پریشان ریاستی پولیسکی۔حأکم
سپدان تکیاز تمن چھہ نہ ظاہر ونہ تہِ یہ سمجھ
یوان زِ اندرونی طورکتھ درس سیتی واٹن تہ کتھ
سیتی ژٹن۔ ہیأری لا اینڈ آرڈر ک مسلہ۔ کرفیو
سختی سان جأری تھونک حکم۔
شاہ صأبس یمہ دوہہ اسمبلی منز پننی۔اکثریت
ہاونی أس' خدشہ اوس زِ امہ دوہہ گژھہِ شہرس
منز سخ بلوہ۔ اسمبلی کُن گژھن والین ممبرن پین
چوب۔ نیشنلہِ دن خبر کتھ کتھ نار۔ یمو خدشاتو
کنی أس پلسہ افسرن نیندر ذزمژ ۔ پیٹھہ شاہ
صأبنہ ڈنڈک دباو زِ تہنز کرسہِ گژھہِ نہ کانہہ زک
واتن۔ بہرحال پلسہ افسرن سیتی سیتی لگی میہ
ہوی کینہہ چأری اخبار والی تہِ کالہ پیٹھے
"بندوبستس"۔

راژ ہنزہ باہ ہشہِ آسہ ہن بہ اوسس فوٹو جرنلسٹ
حبیب اللہ نقاشس تہ بیس اکس صحافی دوستس
سیتیٛ لالچوک کشمیر ویلی ہوٹل چہ ڈبہِ پیٹھ ینہ
والین سیاسی حالاتن دونژھ دوانٕ زٕ نیبری ہیوت
افسرو پلسُک بندوبست مزید کسٕن۔ پولیس اہلکارن
ہنز لِکھ بٕ ڈ جماعتھاہ أس سیہ منز سڑکہِ کھڑا تہ
ایس ایس پی صأب أسی تمن انتظاماتن متعلق
ضروری ہدایات دوان۔ اسہ وچھتھ ترأو ایس ایس
پی صأبن اسنہ ہنا تہ لأین کریکھ۔ " کیاہ سا توہیٛ
تہِ کالٕے؟"
یہ ونٕن چھہ ضروری زٕ پولیسک یہ افسر اوس
زبردست کامریڈ گنزراونہ یوان تہ اتھ زمانس منز
تہِ اوس اسہِ سیتیٛ منزہ منزہ کافی ہاوس تہ
کینژن دویمن ریستورانن اندر ساحر لدھیانوی یس،
ترقی پسند تحریکہِ، لینن تہ مارکسس پیٹھ بحث
لاگان۔ بہرحال اسی وتھی ہوٹلہ منزہ تہ آیہ ایس
ایس پی صأبس نش سڑکہِ پیٹھ۔ حسبِ معمول
بنأو تمی پننہ دچھنہ اتھہ چین دوٕن اونگجن قنچی
تہ موٚنگٕن سگریٹ( پژھ کری زیو یم حضرت گیہ
انسپکٹر جنرل سندس عہدس پیٹھ ریٹایر تہ
رٹیایرمنٹ کِس دمس تام رودی ہمیشہ یتھے کنی
اسہِ وچھتھ اونگجن قینچی بناوان۔)
ایس ایس پی صأبن یتھے سگریٹس گوڈنیک کش
لوٚم تس گیہ سڑکہِ اپارٕ پلیڈیم سنیماکس گول
پولیس بیٹس پتی کنی کیہتام ژھاے تہ کوٚرن
لوتی پنین ماتحتن اشارہ۔ یمہ برونہہ زٕ افسرن تہ
جوانن ہنزہ اونگجہ گژھہن بوندقٕن تہ پستولن ہندین
ٹریگرن کُن، اکی پرانی تہ تجربہ کار انسپکٹرن

ۄونس جل جل ۔
"جناب یہ چھہ عمہ ریشی ۔" تسنز آواز منز اوس
جوش، خوشی تہ تعجب، تریشونی ہند تاثر صاف
تہ واضع ۔ ایس ایس پی صأبنس بُتھس پیٹھ تہِ
اوس تجسس۔
" أنٹہ مأنٹہ انتھ تأریون یو کن ۔" ایس ایس پی
صأبن دیت تمن حکم۔ یمہ برونہہ ز بہ کرہ ہا
معاملہ سمجھنچ کوشش پلسہ والیو تور خراماں
خراماں عمہ ریشی سڑکہِ پیور تہ ۄونی اوس سہ
اسہِ سیہ منزس ۄودنہِ پنین مألہ تہ ترانژ وژھمژن
گونژن تہ ریشس پھش پھش دوان۔ ایس ایس پی
صأب لۄگ احترامہ سان گلی زہ گنڈتھ تس پرژھنہِ۔
"بادشاہ پگھک کیاہ چھوہ دپان؟ حالات کتھی
روزن؟"
میہ ما ژلہِ ہا ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن نیرتھ مگر عمہ
ریشی اوس پورہ پاٹھی جلالس منز آمت۔ اچھ
آسس ٹُلہ نارہ تیونگلن ہندی پاٹھی وہان۔ تس
یتھے میہ پیٹھ نظر پییہ تمی ترو'و
ایس ایس پی صأب اتی تہ ۄوتھ میہ کُن۔
"ٹھپی وول ہا تۄرشوگہ جماعتھاہ ہیتھ کدلس۔"
اتھی سیتی دژہ عمہ ریشی ڈالہ جوراہ تہ ژۄل
کُنی دو پلیڈیم سنیما کنی۔ میہ سیتی سیتی
اوس ۄونی ایس ایس پی صأب تہِ سونچان ز "اما
یہ ٹھپی وو ل کُس سنا چھہ؟"

( )

# برندولے

سانہِ لوکچارہ أس سأنس محلس منز اکھ جانہ
پوپھاہ اکھ روزان، یسند اہرہ پورہ محلہ کین شُرین
اوس ۔یام کأنسہ تہِ شُرس جانہ پوپھنی ژھاے گژھہِ
ہا سہ اوس شُرکنین اژان۔ ماجن باپتھ أس امس دید
صابہِ سوے اہمیت یوسہ رمیش سپی سنزِ فلمہِ
"شعلے" منز رام گڈھچن شری واجنین ہندِ خأطرہ
گبر سنگھس أس۔ یعنی یام کانہہ تہِ شُر ماجہ تنگ
کرِ ہا سو أس تس یکدم ونان "شونگ سا گۄبرا نتہ
یی ونی اورہ جانہ پوپھہ۔" ادہ کیاہ شُری أسی
ژھوپہ دم کٔرتھ ماجن ڈلس تل أژتھ اپز مپز نیندر
لاگان تہ تتھی سیتی ادہ خوفتہ پیوان۔ جانہ
پوپھس متعلق اوس پورہ محلہ کین شُرین یہ یقین
دنہ آمت زِ تس کیاہ چھیہ گو اکھ لوکٹ انمہ
کوٹھر اکھ' یتھ منز دوہس تہ راتس ہتہ بدی گگر
انمہ چیوان چھہِ آسان تہ ُیس شُر خرل چھہ کران
تس چھیہ جانہ پوپھہ اتھی انمہ کوٹھر منز گگرن
سیتی بند کران۔
جانہ پوپھن خاندار گیوو حبیب جو، ُیس ماہِ
رمضان کس ریتس اکھ پرون تہ بہ سری بیگل
وأیتھ پورہ علاقس منز سحر خانی کران اوس۔ بلکہ
پزِ یتھہ کنی ونُن زِ حبیب جو اوس پورہ وریس منز
صرف یمنے دوہن کانہہ کام کار کران۔ حبیب جوس
تہ جانہ پوپھس چھہِ شُری پانژھہ مرہ۔ الحمداللہ
یمی سأری مألس ماجہ ہوی دلچسپ

تہ پر اسرار ۔
میہ چھیہ کتھ وننی یہندس زیٹھس نیچوی سنز۔
امس اوسکھ ظاہر غلام محمد ناو کۆرمت مگر یہ
اوس نہ ووِنی کأنسہ تہِ ژیتس۔ اہندس مألس ماجہ
تہِ نہ' تہ ظاہر نہ امس پانس تہِ' تکیاز سأری أسی
ووِنی امس "مامہ چیوا برندولے" ناوہ سیتی
زانان۔ مول یعنی حبیب جو جنت گار دی ہس آلو'
"ہتا برندولا، برندولوووووو" تہ موج کھالہِ ہس
مخرجہ تہ ونہ ہا ہمسایہ باین'
" برندولہ صأبس لجس بلایہ امس ما چھم ژھۄر و
یان لہذا چھہ سنی پھول دوہے رنن پیوان۔ باقی
چھہِ اولہ سولہ کینہہ تہِ ہیکان کھیتھ۔"
برندولےاوس مہاراج گنجس منز واقع سرکأری پارکہ
ہند "خود ساختہ" باغوان تہ چوکیدر۔ توہی بوزو
ٹھیک خود ساختہ یعنی Self Styled ۔
معاملہ اوس یتھہ کنی ز سرینگر میونسپل کمیٹی
یُتھے مہاراج گنجہ یہ پارک بنأو برندولے رود امہ
کس تعمیرس منز پیش پیش تہ ونہِ اوس کمیٹی
والین پارکہ خاطرہ کانہہ باغوان یا چوکیدر مُشخص
کرنے ز برندولے ہن نیوو امہ عہدہ باپت پنن پان
تعینات کٔرتھ تہ لۆگ کامہ۔ دلچسپ چھہ یہ زِ سہ
رود وری وادن اتھ پارکہ منز قسم وار پوشہ زاژ تہِ
ووپداوان، امچ رأچھ راوٹھ تہِ کران تہ با ضابطہ
امہ کس گیٹس پنن ذأتی کلف تہِ لاگان تہ کأنسہ
اکی (سرکارن یا عوامن) کۆر نہ اتھ پیٹھ کانہہ
اعتراض تہِ زانہہ۔ کرہن تہِ کیاز برندولہن أس یہ
لوہٹ موکہٹ پارکہ ہن نشاط شالیمار کھوتہ تہِ
مأرمنز ی بنأوتھ تھومژ۔ پیٹھہ اوس مزازہ کنی تہِ

یہ دم دارے لہذا کرِ ہا نہ سہل سہل کانہہ تہِ امس
سیتی بتھی لاگے کرُنک جرعت۔ برندولے اوس
عام لوکن باپت پارکہ ہند گیٹ صرف شامن پانژ بجہ
ہیو اکس یا دوِن گأنٹن باپت یلہ تراوان تہ اتھ دوران
تہ زبردست چوکس روزان ژ کأنسہ اکی شُری یا
بڈی ما لوگ کُنہِ پوشہ تھرِ اتھہ۔ کانہہ پوش یا پنہ
برگ ما ژوٹکھ یا درمنس ما واتنووکھ کانہہ دداره؟
ہرگاہ خدا نا خواستہ ییتھ کانہہ وأردات آسہ ہا
گومت سہ تلہِ ہا بیوٚن بیوٚن ۔ خطاوارس بزِ ہا ستن
پیرین میژ تہ ورایاہس کالس پانس تہ جھانس بد رد
وننہ پتہ یلہ ادہ چرسہ سگریٹاه چیہ ہا تیلی گژھہِ ہا
شانت ۔ پارکہ ہند گیٹ بند کرنک ییلہ وقت واتہِ ہا
سہ کرِ ہا اِمیک اعلان پننہ اتھہ چہ اونگجہ پننس
أسس منز بٔرتھ زیچھہ پیپنہِ وأینہ سیتی تہ
امہ اعلان پتہ تہِ ہرگاه کانہہ شُری پارکہ منزه نیرِ ہا
نہ تس اوس خدایے حافظ آسان۔
توہہ آسہِ منس منز یہ سوال ضرور ووتھان ژ مامہ
چیوا برندولےہرگاہ خود ساختہ تہ رضا کار قسمک
باغوان یا چوکیدر اوس، نفس کِتھہ اوس تیلہ پالان
؟ یعنی روزگارک وسیلہ کیاه اوس تس ؟ عرض
چھم سہ اوس اتھ زمانس منز مہاراج گنج کس ہول
سیل مارکیٹس کُن تہ کیول وانہ رأچھ تہِ ۔ رأتی
راتس دِیہ ہا پوره بازرس گشت، وانہ پتہ وانہ کرِ ہا
کُلفن دره ژ کأنسہ لالس یا خوجس ما چھہ کلف اڈه
ووٚتھ رودمت ۔کُنہِ تہِ کوچہ گلس یا بجلی کوٹس
پتی کنی ہے کانہہ ژھاے گژھہِ ہس کنی کریکھ
لایہ ہا'
" برندولے" تہ تسند سوی کوٚرمت کنہ ژوٚٹ ہون

ییہ ہا پادر سہہ سندی پأٹھی دوران تہ کرہا
جایہ وقعوعس معاینہ(دراصلِ اوس برندولے تمی
پننس ہو نی سے ناو کۄرمت یُس پتہ وارہ وارہ تس
پتہ پننس ناوس سیتی اوس لأرتھ گۄمت.) کتھ
چھیہ تمنے دوہن ہنز ییلہ مہاراج گنجچ پار ک مأری
منزی أس. ا تھ منز مختلف قسم وار تہ خوشیونی
پوشہ ذأژہ آسہ. پورہ محلکی شری جانہ پوپھس
کھوژان أسی. خیالی انمہ کوٹھیر منز خوفناک
گگرن ہند بیم اوس تہ پورہ علاقس منز برندولے
سند دبہ دبہ اوس. جانہ پوپھہ تہ حبیب جونی
ڈۄیمہ ہوی نیچوی قادرن لوگ اکس
شریف خانداںچہ کم زبان تہ کم عمر ہمسایہ کور
سیتی نین مٹککا.
جانہ پو پھہ نہِ اۆک پور کھوپر سیدِ سیوڈ أس
مہاراجی سیرین ہنز اکھ پرانی ژور طاق تریہ پور
مکانہ ہنا یمہ کس بناوٹس تہ ظاہری رکھ رکھاوس
منز خاندانی تیہہ تہِ أس تہ شرافتچ بوے تِہ. اتھی
مندور ہنز اکس مخصوص دار پیٹھ آسہ زہ پر
کشش تہ کزالی چشمہ پنجرہ زالیو اندری اندری ہر
دم لأل نامہ پران آسان تہ پیار اوس پننس ویجستہ
نما آنگنس منز قادرہ حبیب جونہِ پھوہرہ سیتی
دودہ کول کھننہِ بیوٹھمت. نتیجہ دراو یہ ز امہ
رومانوی جور نیہِ اکہ دوہہ اونچ نیچ تہ ذات پاتکی
سأری قلایہ پھٹرأوتھ تہ پر نأوکھ کس تام مولوی
صأبس اتھہِ نکاح.
ونن والین ہند گف چھہ ز امی دوہہ شامن ژھن
برندولے ہن تہِ ہمیشہ ہمیشہ خاطرہ مہاراج گنج
پارکہِ کلف یلہ تہ رود ژیر تام پننس کنہ ژٹی ہونس

بار بار اکأے کتھ ونان۔ "برندولے سأرے پرتیتھ گیہ ختم، سورے بھروسہ موکلیوو۔"

()

# فایٹڑ

زانہہ کالی ییلہ کأشر پولیسچ تاریخ مرتب ییہ کرنہ، ہرگاہ تتھ منز فایٹڑ سند ذکر آسہ نہ سو آسہِ بدقسمتی۔ پُلسچ تہِ تاریخچ تہِ تہ ینہ والہِ زمانہ کین محققن ہنز تہِ۔ میہ چھہ نہ فایٹڑ سند ا صلی ناو ژیتس، ووٚں گۆو تہنز شکل چھم یاد۔ درمیانہ قد، عام کأشرین ہندی پاٹھی زو زیتہ رنگیٚ مفلسے پھن مگر تیہہ تہ تگنگری کنی مأنتون مغلیہ فوجک سالار جنگ۔

سرینگر کس سنٹرل جیلس لو اوس اکھ لوکٹ موکٹ مآداناہ اکھ، یتھ خشخاش باغ ونان آسی۔ اتھ خشخاش باغس اندی پکیک علاقہ گو کھوڑِ پور اکہ زمانہ آسیٚ امہ کھوڑِ پور کہ پریتھ کُنہ تریمہ یا ژورمہ گھرکی اکھ یا زہ زنی پلسس منز ملازم آسان( پلسس منزے کیاۂ تہِ آو نہ میہ ونِہ سمجھ)۔ بہرحال یم آسی عام طور سپاہ یا کانسٹبل بھرتی سپدتھ تفتیشی، محرر، منشی یا زیادہ کھوتہ زیادہ سب انسپکٹر سندس عہدس تام وأتتھ ریٹایر گژھان تہ تمہ پتہ آسی پننہ زندگی ہندی باقی دوہ گذاران خشخاش باغس منز بہت حقن ہمساین پننی کارنامہ بوزناوان بوزناوان۔

" پتہ ییلہ میہ لایق ژورس نرین گھاسہ رز کری...."

"مہادیو ہِشتہ ما اوس اکھ بیاکھ ژور۔ امی أس
کمن کمن ناس کھأجمژ مگر بہ ما چھڑے ہن۔۔"
ونن والین ہند گف چھہ زلایق ژور تہ مہادیو ہِشتہ
چھہِ أسمتی کشیر ہندی رابن ہُڈ تہ کھوڈِ پور کس
پریتھ کانسہ سپاہ سندہ وننہ موجوب اوس تسی
اکس Sheriff of Nottinghamآسنک شرف حاصل۔ چناچہ
فایٹر سند تعلق تہِ اوس کھوڈے پور کس اتھی
محلس سیتی لہذا بیوٹھ ریٹایر مینٹہ پتہ سہ تہِ
خشخاش باغ سِے منز تہ لاجین پھرِہ وننہِ۔ ووِنی
گۆوتہنزہ پھ ہو آسہ دۆیمن نش ہنا مختلف آسان۔
سہ اوس پننی کارنامہ دوہراوان دوہراوان ریاست
کین دوِن اہم تہِ نامور پولیس افسرن، مرحوم شیخ
غلام قادرگاندربلس تہ مرحوم خواجہ ولی شاہ
سندی حوالہ دوان ' تمن سیتی پننین قریبی
تعلقاتن تہ ملاقاتن ہند ذکر کران ۔کتھ أسی زہے
صدام حسیننی نتہ ادہ یاسر عرفاتنی، جیجیر گر
گُرا کران ونہِ ہا فایٹر بوزن وألس زسمہ بہہ ناونہ
کس اندازس منز۔
" ژکہ گژھہِ نا سا افسرس تہِ پہچان آسنی۔ ییلہ
یاسر عرفاتن لیلی خالدہ اتھہِ گوڈنیک امریکنی
جہازہ اغوا کرنوو، جنت أسن شاہ صأبس تمی وزِہ
تارنوونس مہراج گنج تھانس پیٹھ تہ وۆننم ' "ون
سا ژیہ کیاہ چھے باسان؟"
منزی دِیہ ہا غوطن ہیوگژتھ پننین خیالی گو نژھن
وراہ وراہ تہ لسنہ ہنا کۄرتھ واتہِ ہے بیہ خبر کۆوت۔
"ورہ ملہِ ییلہ گاندر بلی صأبن جہانگیر خانس تھپ
ترأو یکدم وولہس سرینگرہ پیٹھہ پہچانہ باپت ہے۔
واپسی پیٹھ اوس صحب جیپ پانے چلاوان۔ بہ

اوسس فرنٹ سیٹس بہتھ۔"
فرنٹ سیٹس پیٹھ بیہنک اوس فایٹرس سخ شوق۔
سہ پتہ ادہ کے ایم ڈی ہنز بس آسہٕ ہا، ٹانگہ آسہ ہا
یا ادہ بم گاڑی۔ تس اوس فرنٹ سیٹس پیٹھ
ضرور یہن۔ بھلے ہی تمہ باپت تس پننہ وردی ہندِ
رعب دأبک استیمال پیہٕ ہا کرُن یا زارہ پارک۔دپان
پیلہ اکہ دوہہ ڈاون ٹاون کس اکس لرٕ گنیر وألس
محلس نارہ موکل متیوو تہ مہراج گنجہ پیٹھہ بم
گاڑی روانہ سپز۔ بڈشاہ صأبنی نش دیت فایٹر ن
بم گاڑ پان بتھہٕ دأرتھ تہ یہ نقھ بٕ رن فرنٹ سیٹس
لتھ ز'
"جاے وقعوعس پیٹھ پولیسک بر وقت واتٕن چھہ
ضروری تہ امہ خاطرہ ہیکہٕ سہ کُنہ تہٕ گاڑ ہند
استیمال کُرتھ۔ یی چھہ قانون ونان۔"
عام تہ دویمن پُلسہ اہلکارن کھوتہ قونونس زیادٕ
کأم ہنس اوٗس تس پنن اکھ الگ منفرد انداز۔ یمن
دوہن سہ حبہ کدل تھانس منز تعینات اوٗس سہ
نیرہٕ ہا کُنہ تہٕ وزہٕ (پنین افسرن شک کرنہ ویغاری)
بریہ کُجوو پیٹھہ روٗنی ووٗر گژھن والین ٹانگن ہٕنز
چیکنگ کرنہ ' اوور لوڈینگ کرنس پیٹھ کڈہٕ ہا ٹانگہ
والین لیکہ ساساہ تہ سزاہ رنگی نیہ ہا تہندی چھا
نٹہ تہ تیمی ہلی کلی پھٹمتی شیستر بالٹین تام
ضبط کرتھ یمن منز تیمی پنین گرین خصیلٕ
کھیاوان أس ( اکھ افواہ چھہ یہ زہٕ ضبطی ہندیہ
سامانہ اوٗس مقامی وانہ والین اتھہ یوان تھونہ
یمی پتہ بمبیہ ہنزہٕ زبأنی منز "مانڈوألی" یانے
درالز کرتھ فایٹرس تریشاہ تموکھاہ دتھ ٹانگہ والین
یہ واپس دیاوان أس۔واللہ ہو عالم یہ ثواب۔)

دلچسپ کتھ چھہٕ یہ زِ نُوہلہ یمن ٹانگہ والین سہ
اورلوڈنگ پیٹھ تخت و مشق کرِ ہاشامن بأگی
اوٚس سُہ تہندنیی ٹانگن پیٹھ تتھسی اور لوڈس
منز گرٕ گژھان ٬ حسبِ دستور فرنٹ سیٹس پیٹھ
بہتھ ٬ کِسہ منز نیشنل سگریٹاہ زٕتھ٬ ڈسپلنس تہ
قونونس گردان کران تہٕ ٹانگہ ووٚل روز ہا پایہ
دانس نتہ ادء ٹانگہ کِس بمس پیٹھ بہتھ لانکمہ
لمان لمان گُرس کُن وٕنتھ خبر کس کس وہوان۔
شہرکین مختلف تھانن تہٕ چوکین منز تعینات
روزنس دوران چھہ فایٹرنٛ بہ شُمار ''مثالہ'' قایم کرٕ
مژٕ٬
تیژھہ مِثالہ یمن پیٹھ کڑک سے کڑک پُلسہ افسرن
تہ طوطہ کلان چھہ ۔ أکِس سالس پیٹھ لوگس یہٕ
تہندہِ زمانکہ کِس أکس بڈس پُلسہ افسرس سیتی
بھتہ کھینس ٬ یِس پننہ سنجیدگی ٬ کم گویی تہ
رعب دار آسنہ کِنی مشہور رودُمت چھہ٬ کتھاہ
کتھاہ کران یِتھویی میہ أمس پریژوھ زِ ٬
"توہیہ چھا حض فایٹرٛ یاد ؟"
تسِ ژوٚل ٹھاہٕ ٹھاہٕ کران تیوتاہٕ بڈِ آسُن نیرتھ زِ
سأریی لگی ہٕس کُن وٕچھنہ تہ سُہ ووتھ میہ کُن٬
" ژیہ کتھ سہ پیٹھ ییے سہ تپالہ لد ژیتس؟ ژیہ
کیاہٕ کیاہ چھُیے تَس متعلق بوزُمت؟"
یمہ برونہہ یہٕ دِمہ ہا فایٹرسٛ متعلق کنہہ تفصیل٬
افسرسِ ژوٚل ہنگہ تہ منگہ بیہ اکہ لٹہ ٹھاہٕ ٹھاہٕ
کران آسُن نیرتھ٬ یہٕ اوٚس تہنزہشخصیژ' تہندِس
مزازس برعکس٬ کُجا بُرد بأریی تیژھ زِ ووٹھہ
کُمجار نہٕ' تہ کُجاہ سارنی تھی ٬ محفلہ منز کھنگالہ
تراون٬ آسہ دٕچھنہ کھوفری بہتھ کنہہ دویمی سالرٕ

تہ أس وونی اسہ کُن متوجہ گمِتی ' زیوٹھ شاہاہ نیتھ
ووتھ سٕہ میہ کُن'
" بو ز سہ یِمن دُوہن آسہ ہیری کِنی' سول لاینز علاقس منز سخ نقب زنی گژھان' تفتیشاہٕ وفتیشاہٕ کرتھ لوبٕ آسہ نفر۔ أمِس أس علی خانّ ونان' روپیہ ہنزی روپیے او'س پکہ زِہ
کاکھ چُھ یِھویے' اتھہ او'س نہ یوان' شہرس منز کرنأوی شبانہ گشت تیز' وارِیاہن جاین ترأوی چھاپہ مگر علی خانّ او'س لاپتہ' پیأری أس ژِیہ ہِوی اخبار وألیہ پرتھ دُوہہ یمن وأرداتن سورخی بناوان تہ ہُپأری أس حأکِم نار چھکان تہ پریشانیی ہندِس أتھ عالمس منز پیوو آکہ دُوہہ میہ نِش
فایٹّر وأتیتھ' حالانکہ ڈیوٹی أسس خبر کتہ' سیلوٹاہٕ مأرتھ چُھم ونان' جناب' علی خانّ حض ووچھمیے راتھ شامن ۔ مایسمہ پیٹھہ کَنہِ کدل تام حض رودسس پتیے 'تتہ جناب ژاو سٕہ گورِہ ہندی کِنی ٹألہ کوچس منز تہ پتہ چناب ژاو سیودیے گرہ ' پنن گرہ جنابِ"۔
" ژِیہ کیاہٕ کورتھ؟"
" ہہ چناب پھیوس لوتیے واپسِ ' کرِہ ہا کیاہٕ؟ جناب وونی ما ژایو'س ژورِہ سنٕد گرِہ جناب' معأفی گژھم دینی ہم
بھی خاندانی آدمی ہے چناب۔''
فایٹرّ سندو کارناموٕ منزِہ سارویی کھوتہ دلچسپ تہ مزہ دار واقعس چھس بہ پانہ چشم دید گواہ' أسی أس وازہٕ پورہ بسان' شہرس منز أسی کہتتام ایجی ٹیشن شوروع گمژ' جایہ جایہ او'س

کنہ جنگ تہ مظأہرہ چلان ' ژوہہ وادن لۆگ زبردت
کرفیو' سرکارن او'س پنجاب پ یٹھ پولیس اننووُت
یمی کرفیوہس دوران لوکھ کانپہ نأوی' وازہ پورس
ہیوس علاقس منز تام أسی لو'کھ شروکنین ژامِتی
تہ لیہ تریہ تروپرتھ گرٕ منز قأدی ' قدآور پنجاب
پولیسکین سکھ سپاہن ہند او'س کوچہ پتہ کوچہ
گشت جأری زہِ أتھی منز أس منزہ منزہ فایٹّر
سنزی کریکھ گژھان'
''خبردار' کھڑکی بند کرو ' اِن کو دیکھتے ہی گولی
مارنے کاحکم ملا ہوا ہے..تمووووووووو'کھ..''
''اما یہ تمووو'کھ کیاہ یہ ونان؟'' کھوژی کھوژی
یلہ آسہ پنجرہِ زالیو کِنی نظر دِیژ ' پنجاب پولیس
چہ
أکس جمأژی پتہ پتہ او'س فایٹّر لوسمتوو کُوٹھیو
کوچہ کنی پکان ' دِ چھن پھیوک اوسُس تھری ناٹ
تھری
بوندقہ بارِہ سیِتی اکیی طرفہ گوُت تہ دویمس
پھیکس منزٕ اوسس تماکی پھٹجوو سییتی ٹپتھ
اکھ کپر ٹھیلہ اویزان تہ سٕہ او'س أکسی أکسی دارِہ
تل واتیتھ کریکھاہ لایان تہ تمأکی پھٹجہ کِنان۔
''کھڑکی بند کرو... تموووووووووو'کھ''۔
()

# نانِ صدام تہٕ وازہ وان

کنہہ وٕریی بروٚنہہ اوٗس اکھ امریکٕنی دوستاہ اکھ' یُس ہندوستأنی کھین چینٛک سخ عاشق چھ' آسہ نش دِلہ آمٕت' آکہ دوہہ یلہ أسی أکِس ریستورانس منز ڈنر کرنہ بیٹھی تٕمی یتھوبےٚ پالک تہٕ ژأمنہ ہٕند گوڈنٛک چمچہ کھیوو' تَس کھوتٕ پتھس ووشلٕن' یکدم وتھروٗوِن آتھہ' چندٕ منزٕ کڈٕن اکھ لوکٹی ڈایری تہٕ بال پین تہ بیوٹھ ریستوران کہ مینو کارڈ منزہ کہتام نوٹ کرنہ' میہ دوپ ہیبے ہے کہتتام فیل گو لہذاہ پروژھمس کھوژی کھوژی' کیاہ سہ ژہ کیاہ لِیکھان؟ شرارت ہوٚتٕ ووتھم' "امریکہ یتھ شہرس منز تہٕ بسان چھس تتہ چھہ18 ہندوستأنی ریستوران' اکھ چھ تموو منزہ 40 وٕری پروو'ن - تہٕ چھس اکثر توٗر لنچ کرنہ گژھان تہٕ عموماً پالک پنیر آرڈر کران' مگر یہ .. یہ آپ کی پسند پالک پنیر' کھیوہس نہٕ تہٕ تِموو زانہہ۔ یہ چھہ سخ مز ہٕ دار'' ۔ معاملہ چھ یتھی کٕنی زِہ سانین اکثر ریستورانن منز چھیکھ مِینو کارڈن پیٹھ مختلف ضیافژن تہٕ سِینین تخلیقی اندازس منز پننی ناو تھاوٕمتی آسان' تتھی ناو زِہ انسان نیبے حیس برابر تھوٕہ خبر کیاہ الم غلم نیہ کھیتھ ۔باغیچے کا قورمہ' خانساماں کا محبوب' تندوری دُلہن (یہ وٕچھتھ پیو میہ نیناؔ ساہنی قتل وأردات ژیتس) اور اب اِدھر سے' دادی کی رسویی

سے ' انار کلی انڈا بُرجی' سلیم کا حلیم' پنجابی
ککڑو کو' پژھہ خبر کأژاہ سورخیہ تہ ناو چھہ میہ
مختلف ریستورانن ہندن مِینو کارڈن منز نظرِ
گمِتیہ ۔ بنگلور کِس اَکس ریستورانس منز ووچھ
میہ مینو کارڈس اندر کبابن ہندس سیکشنس منز '
اَکِس ضیافژ ہند ناو '' کبابِ بے نظیر '' لیکھتھ ' تَلہ
کَنہ او'س وضاحتن صاف پأٹھی یہ تہ لیکھتھ زِ یہ
کیاہ چھہ بھٹو خاندانچ پسندیدہ ضیافت' ویٹرس
پرژھہ گأری کرنہ پتہ ننیووم زِ یہ چھُ دراصل
ویجٹرین کباب تہ اتھ منز چھہ کٹھل تہ آربی ہش
سبزی رلاوتھ ۔میہ وون ریستوران کِس منیجرس زِ
توہیہ کتھ کِنی چھوہ ونان زِ یہ چھ بھٹو
خاندانک پسندیدہ کباب' تَس ہژن گھٹیہ گوجہ گژنہ
تہ میہ دوپمس کھیاو ی تو تیلہ میہ '' نان صدام'' ۔
تس ووتلیوو پتھس پیٹھ سوالیہ نشان تہ میہ کری
وضاحت'
'' صدام حسینُن پسندیدہ نان ہسا''۔
بڑن شہرکین اکثر ریستورانن ہندن مِینو کارڈن منز
درج اَیٹمن منز چھہ دون ژون ضیا فژن ہند تعلق
کشیرِ ہیتیہ ہاونہ یوان ' دم آلو کشمیری تہ
کشمیری روغن جوشس تام او'س یہ معاملہ ٹھیک
مگر میہ چھہ کشمیری بِریانی' کشمیری پلاو'
مونگ دال کا کشمیری حلوہ' تہ کشمیری شیر
قورمہ ہیوی ناو تہ یمن مِینو کارڈن پیٹھ
پرمِتیہ۔عین ممکن چھُ زِ یمن سینین تہ ضیافتن
کشیرِ ہیتیہ واتھ کرنس پتہ کنہ ہیکہ وازہ وانچ
مقبولیت اکھ بوڈ وجہہ اَستھ ۔یہ چھہ حقیقت زِ
سون وازہ وان چھُ از قومی بلکہ بین ا لقوامی

سطحس پیٹھ مشہور تہ کشیرہ نیبر تہ چھہ أمیکی
دلداہِ موجود مگر افسوس چُھ یمہ کتھہ ہُند زہِ
کشیرہِ نیبر یہ کینژھاہ وازوان کِس ناوس پیٹھ کِننہ
یوا ن چھ اکثر چھ سُہ نہ صر ف نقلی تہ اصلچ
خبر کِژم گوٗٹ تہ ناقابل استعمال فوٹو سٹیٹ کاپی
باسان پِلکہ چُھنہ رنن وألین أمیچ کانہہ بنیأدی
زانکأری تہ آسان ' ماسوایے دِلہ منز مقیم أکس
پیشہ ور وازہِ خاندان کین کأری گرن 'یمی کینژو
وریو پیٹھ اصل تہ حقیقی وازوان عام لوکن تام
واتناونچ کوششہ منز چھہ ۔
دِلہ منز چُھ حضرت نظام الد ین اولیاؒ سِنزہِ درگاہہ
نیبرہ کنہ کاشرہِ وازوانُک اکھ ڈھابہ چالہ ریستوران
پتموو واریاہو وریو پیٹھہ چلان تہ کشیرہِ پیٹھہ دِلہ
ہُند چکر لگاون وألی اکثر کأشری حضرات چھہ أتی
بھتہ کھیوان ' باوجود آمہ کہ زہِ یہ ریستوران چلاون
وو' ل شخص چھ کاشُری تہِ پتموو واریاہو وریو
پیٹھہ چھ وازہِ کا مِیے کران ' اتہ تہ چھ نہ تمہ
معیارکُ وازہ وان دِستیاب یتھ اصل کأشُر واز وان
وِنتھ ہیکہ ہیو ۔ یخنہ هریمانہ چھہ اتھ ریستورانس
منز صرف رستہ تہِ روغن جوش دستیاب ' حأرانی
ہِنز کتھ چھہ یہ زہِ نامولوم وجوہاتو کِنی چھہ یموو
یمی زہِ سینی تہ روانگن آبس پیٹھ رِنمتی آسان یہ
زن وازوان کین بُنیادی
اصولن برعکس چھہ ۔ پرانی دِلہ ہِندس آصف علی
روڈس پیٹھ واقع چوربازار ناوُک ریستوران چھُ کُنہ
حدس تام وازہء
وان کین شوقینن ہِنز ٹیٹھ مورتھ ہیکا ن۔ اتہ چھہ
وندہِ کین کینژن ریتن وازہ وان چہ واریاہ ضیافژ

دستیاب آسان یمہ باپت کشیرہِ پیٹھہ یمی سیزنس دوران پیشہ ور تہ آبائی طور وازہ کار کرن والی کاریگر آناوان چھہ مگر باقی ریتن چھ آتہ تہ ''مغلا ئی ''وازوانیی کُنن آسان۔
سرکاری طور چھ جموں وکشمیر ٹورازم ڈیولپمینٹ کارپوریشن طرفہ دِلی ہارٹ کِس فوڈ کورٹس اندر اکھ اسٹال یتہ زماہنِ ہیتی ہیتی رستہ تِہ کُنِنی چھیکھ تھاومتی ' اتیک معیار چھ یتھ زہِ توہیہ ہیکہ نہ رِستن ہندس رسس
تہ رزماہ رسس کانہہ فرق تِہ محسوس سپدتھ۔أخرس پیٹھ چھس بہ پننس دوست اعجاز راہی یس ( فوٹو جرنلسٹ' ایسوسیٹیڈ پریس) ہیتی پیش آمت یہ واقعہ توہیہ تام واتناون ضروری سمجھان' اعجاز راہی اوس تمن دوہن بمبیہ تعینات 'ہمی بوز کتہ تام زہِ بمبیہ ہندس تاج ہوٹلس منز چھ کاشرہِ واز ہ وانک فیسٹول چلان ' ادہِ کیاہ یہ نیتن کُنے دو۔ تور وأتیتھ پیوس ظن گوڈہِ کیازہ ژھانڈوو' ن نہ رنن وو' لُبیے بنان چھ پرووٗن ہمسایہ آسہ کانہہ(اعجاز چھ میانی پاٹھی وازہ پورہ زامت تہ بڈیومت) بحرحال ہمی یتھوییے ہوٹل منیجمنٹس وازوان رنن والس کاریگرس سمکھنچ خأہش ظاہر کری تِموو کوس وردی پوش سردار جیا پیش ' یس بقول تہندہ کأریگرہِ زمان کاشر وازہ اوس۔

( )

# سُوز عشقن-----"

وریی او'س 1980 یا 81 ' ریتھ اگسٹک ' ٹورسٹ سیزن طیس پیٹھ ' گلمرگہ پیٹھہ اہرہِ بل تہٕ ہا رون پیٹھہ ہاری پربت تام آسی جایہ جایہ دیسی تہٕ

فرہنگی سا لأنی نظرِ گژھان۔ ہاوس بوٹو تہ ہوٹلو
أسی گریکھ ڈمز ' نشاط تہ شالیمار أسیجہارس
پیٹھ تہ کافی ہاوسہ او'س سیاحت تہ اقتصادیاتس
پیٹھ بحث گرم ژشبن جین دیژ زیر'
" بلایے اقتصادیتس ینی' ووچھی کتھ سنیوو!
حقیقت چھہ یہ زازکل چھہ پریتھ طرفہ بوٹہ ببرہِ
ہشہ چوبرہِ نظرہِ گژھان۔ اکھ اکھ گجراتی تہ
بنگالی بایے۔ اکھ اکھ امریکنی میم۔ ہوہوہوہو۔"
سارنی ژول ٹھاہ ٹھاہ کران اسن نیرتھ۔ تہندس
بتھس پیٹھ ووتلیہ وزن دار مگر شرارت آمیز اسن
رکھا تہ دماہ دتھ ووتھ لوٹ لوٹ۔
" بوزو نا میون ' کالکیتھ نیرو امرناتھ یاترایہ ؟ دوہہ
پانژ ھ شیہ نیرن شونٹھ ہیو ی' پریتھ طرفہ آسن
بوٹہ ببریے بوٹہ بب رہِ ۔ بھابی ہند مرن کرو عأش۔"
کافی ہاوسہ کس ٹیبلس پیٹھ بہتھ ژور مسلمان
لڑکہ تہ اکھ بٹہ کوٹ چھہ أندری أندری رازہ اندر
سندس دربارس ونی دینہ بہان ' اکھ أکس شک
کرنہ ویغار ی' پننس پننس تصورس منز پننہ پننہ
بوٹہ ببرہِ (دیسی یافرہنگی أکس) سیتی مس ملون
کران۔
" یاترایہ منز چھا پزی پاٹھی ( تیژھہ ) انگریز بایہ تہ
آسان؟ " تیژھہ لفظچ وضاحت کرنہ وریے پرویژھ
کمی تام۔

" (تیژہ ) ہندوستانی میمہ تہ ہا آسان' ترامہ رنگچہ
ژمہِ واجنہ ۔ '' بیہ کمی تام کری مزید ویژھنیے۔
" چلو !! گژھو تیلہ یاترایہ۔ اکھتویے وچھوو کأنسہ

گوسأنی ہٕرس ما آسہ سنجیونی بُوٹی۔'' یہ وٕنتھ ترأوی اعجاز بانڈینّ میہ کُن معنی خیز نظراہ۔

" سنجیونی بُوٹی؟ سہ کتھو لگان؟ '' شُبنّ جین پروٗژھ تجسّس سان۔

''ناف مأتراونس ۔'' میانہ کتھہ پیٹھ ژوٗل سارنی اسنٕ نیرتھ تہ یاترایہ پیٹھ سکھرنہ باپت گیہ ابتدا ئی منصوبچ شروعات۔

'' یتھس سفرس چھ گوڈنیک شرط زأسی رُوزو لوٹّ ۔سامانہ ' مطلب کھین خوردنی بیترِہ تُلوو بُو'ت و تیو'ت کم سیتی۔'' شعفہ صأبن تھوی گوڈنِچ تجویز۔

'' یہ کیا با مارتتہ اسہ فاقیے بھابی ہُند مُن ۔''
شُبن جین کری میہ کُن کنہ پھسرایے۔

''اوو سگریٹ تہ چھہ کم چینی' سفر چھُ پہاڑی واو جن ' مِہا گُنس تہ پشی ٹاپس کھسان کھسان چھ ویسے تہ انسانس شُوش یوری کھسان۔''

یہ أسیشعفہّ صأبنی دویمی تجویز' (دلیٖلہ سان)۔
کافی کپ درجناہ چینس سیتی سیتی کو ربہ ظاہر یژھن تجویزن ساروِیے تایید ' یہ چھہ وکھرہ کتھ ز ژیری بأگی یلہ کوکر بازرٕ سفرہ باپت خریدأریی کرنہ آیے' کھین چیٖنک سامان آو ترین ہتس روپیس مِلی ہینہ تہ سگریٹ ساڑھن شین ہتس۔

گوڈنیکس پڑاوس پیٹھ یعنے پہلگامہ چھہ ژوشونی ہنزن أچھن ہنزِہ زیتنہ ہنہ ہنہ زوتنہ لگان' اکھاہ چھ پننس کلس پھُولنّ دیوی ٹاپچ ووزج رومالاہ نیوان گنڈتھ تہ بیاکھاہ أچھن ہنز گاگل مستس منز سجاوان ' اعجاز بانڈےّ چھ کتتہ تام لبمژٕ پرأنی تہ مُونڈی لوکٹی تبراہ نیوان ہلہ گنڈتھ ' شُبن جی چھُ

تھدِ ہٹہٕ حسنّ صوفین گیوٗمت بأتھ تُلان،
"سوز عشقن ووِنی بوزو واریے روزو دماہ بے دردِ
یاریے
پردی مو کر خوش دیداریے روزو دماہ بے دردِ
یاریے "
غرض پریتھ کانہہ چھُ پننہ پننہ جایہ پننہ حسیتِ تہ
معیار مطأبق پننٕ پان ہِد ون ' جاذبِ نظر تہ متاثر
کُن بناونچہ کوششہ منز' پننی پننی کمند ہتھ
شکار ژھانڈان' تہ یتھی کنی وأتی یاترین ہندس
بیرہِ بارس منز " تیژھن " دیسی تہ فرہنگی بوٗ ٹہ
ببرین ونی دِوان کُنہ تھکہ تہ پھر یکہ
ویغأری پانژویے ژندن وو'ر۔
میہ یام سامانس گنڈ مِیژرِون ہیوتٕ شعفہٕ صأب
ووِتھ بُتھ ژکرأوتھ '
'' میہ ونی ز یو نہ ٹینٹ گنڈون ' میہ چھُ گوٗمت
سأرسیی پانس ٹِکہ سو'ر۔ ''
''بٕ تہ سیون تہ رننوو نا؟'' کس تام لج بوٗچھہ۔
''تہ گو و پریژھن ہُمسِ بٕ تہ چِنس۔'' کمی تام کوٗر
شبنّ جیس کُن اِشارہ یُس اسہ سارنی نش رژھا
دور پہن بہتھ کتھ تام اندس کُن صُدعے گنڈتھ
وچھان او'س۔
''کیا مہارا بابہ یمی کیاہ ونان؟'' میہ لأیے تس
کریکھ ' سہ زنتہ کوٗر ہتی لوکن ہُشار۔
''لبی ہا ! بھا بی ہُند مِن ' پھتہ پھتہ۔'' یہ ونتھ کوٗر
تمی لیدر ہٹھس کُن اشارہء یتتھ اکھ گیشآمی
مدرأسی یا بنگألی باییے دنیا تہ مافیا نِش بہ خبر '
أنہ کھنڈاہ اتھس کیتھ ژٹھ لپ اسٹیکہ سیتی
ووٹھ ووزلاونس منز مشغول آسی۔یمہ برونہہ ز

پانژن ہنزہ داہ چشمہ بہیہ ہن تہندس کردارس
ایکس رے کرنہ ' پریژھہ گأری ہندس سرکأری
ٹینٹس منز گریزنوو' علی تانترین انفارمیشن والین
ہُند لاوڈ سپیکر۔
''ہیلو ہیلو تمام یاتریوں سے گُذارش ہے کہ وہ اپنے
سامان کا خاص خیال رکھیں۔ گھوڑوں اورڈانڈیوں
کے لیے سرکارنے جو ریٹ مقرر کیے ہیں کرایہ اُن
سے زیادہ ادا نہ کریں ۔اور پہلوان شاہ جہاں کھنیں
بھی ہو ں ' تمی أنتن انفارمیشن کِس ٹینٹس منز
تشریف۔ ہیلو ہیلو۔یاتریوں سے یہ بھی التماس ہے
کہ..''
''یہ پہلوان شاہ کُسو گو ؟ '' میہ پروژھو' و اعجآز
بانڈیس مگر جواب دِیت شعفہ صأبّن'
'' ہونین ہُند ہہرِی ۔ پے چھا یارہ ' آسہ کانہہ گڑی
وو'ل ' مرکبان۔ ہۍ چھوہ نا وچھان سأیس پہلوان
شاہس کُسِ حال گو پھتہ پھتہ وچھتی'' تمی کور
شُبن جیس ّ کُن اِشارہ۔ شُبن جین ّ ترأوی پیپرمأشی
ریشہ خطہ تِلی اسنہ ہنا مگر تِتھی سییتی گو ہنا
سنجیدِ ہیو۔
'' بہ ہا چھس بدل کھتام سُونچان بھابی ہُند مرن۔
پے چھُوہ ؟سطح سمندر پیٹھہ الہ پلہ ژُوداہ
ساس فُٹکِس تھزرس پیٹھ ' پنچ ترنی وأتیتھ یلہ
شِیوجین پاروتی لافأ نیتکی اسرار بأوی ' تمہ برونہ
تروو تمی پہلگام پنُن ''نندی ''یٖ لہ' ۔ مہاگنس بالس
نِش وأتیتھ کوٚرن پنُن نیچو گنیشؔ پانس نش جدا
کرنُک
فأ صلہ' شیش ناگ پٔتھس پیٹھ ترأوِن سرپھہ مال
نألی ' یتن یتھ ژندن وأرس منز کہن ژو'ن پننو

وأنکیوو منزٕ آزاد ' تہٕ ہوا ' آب' نار ' ٹبرات ' آکاش سوٗ رٔیے کنہہ پتھ کُن ترأوتھ ژاو گُپھایہ۔ تمہ پتے گو......" وارہ وارہ یتھویے شُبن جینٛ کلامہ اسہ کلہ پیٹھی ژلُن ہیوٗتن میہ پروژھ لوتیے اعجازسّ
" اٖمِس کھو مسلہ؟ یہ کیاہ وٕنان ؟ "
اعجاز ووتھ درجواب '' مسلہ ہسا تی ۔پھتہ پھتہ تہٕ بیہ نہ کنہہ۔'' أسی زٕ رودی رژھہ کھنجہ أندری أندری اسان تہ سٕہ رود ژیر تام شِیو پاروتی ' وحدت ' پرکرتی' امر کتھا تہ خبر کیاہ کیاہ اسہ فکرہٕ تارنچ کوشش کران۔ أتھی سِیتی لو'س اختابہ ' گٕری وألیو کھولی گٕرین رکاب تہ دِیتکھی زین شاند' ٹینٹن نیبرٕ کنہ آلاوہ ڈیرن یتھویے نار ژھوکٕیو یاتری ہیتِن پنین پنین خیمن منز اژنی۔ دوٗر آسہ لیدرہِ بٹھس پیٹھ گوسانین ہنزہ کنہہ ڈپھرہ چلمن منز بھولے ناتھ سٕند
'' پریساد '' چنس دِوران منزہ منزہ '' بم بم مہادیو'' نعرہ دِوان ۔ لیدرہِ ہٕند آب او'س جوانی ہنزہ ژھالہ مارٕن مارٕن زونہ گاش نالہ متہ رٹنچ کوشش کران۔
" سوٗز عشقٕن وونی بوز واریے روز دماہ بے درد یاریے
پردٕہ مو کر خوش دیداریے روز دماہ بے درد یاریے"
شُبن جینٛ تُل بیہ سویے بأتھ ۔ آواز منز او'سس گوڈنیکہ کھوتہ زیادیے پھن اثر پادٕہ گوٗمت ' پیٹھہ أندی
پکٕیک روح پرور ماحول'أسی ہٕتِن وارہ ی وارٕہی سأری گوبنی' مدری تہ میٹھ نندری ۔ ژندن ووٗ'ر زنتہ ماجہ ہنزی کوچھ تہ شُبن جینٛہ ہٹہ مرحوم

مسکین ٚ سٕند کلامہٕ زنتہ منزلیٖ بأتھ۔صبحن کھوج أچھ تہ علی تانترےٚ سند مگا فون اوٗس شروع گومٕت۔

''ہیلو ہیلو۔تمام یاتریوں کو اطلاع دی جاتی ہے کہ سرکار کی طرف سے پنج ترنی تک جگھہ جگھہ طبی سہولیات کے لیے فری میڈیکل کیمپ لگائے گیے ہیں' بیہ اگر پہلوان شاہ یہ آواز بوزان چھہ تمیٚ أنتن اِنفارمیشن کس ٹینٹس منز تشریف تمن چھہ تحصیلدار صأب ژھانڈان۔۔ہیلو ہیلو پہلوان شاہ اگریہ آواز۔۔۔''

یہ آواز روز ژندن وار پیٹھہ شیش ناگ تام برابر اسہ پتہ لاران ۔ یاترین ہندس أکس بڈس قافلس منز شأمل' گرین ' کاترین ' ڈھانجہ والن' بڈن ' لوکٹن ' ضیعفن ' جوانن' گوسانین' تہ انگریزن ہندہٕ پدِس ہیتی پوٚد رلاوان رلاوان' پسیٚ ڈاپ تہ مہا گنسچ ووٚ ٹکریٚ چڑھأیہ کھسان کھسان آسہٕ اسہ سارنی وونی بوٗتہ ببرہِ مشید گمژہٕ' تہِ ہند ظون روٗمٕت ۔

مہاگنس کِس ہریمس موڈس پیٹھ آوپدیٚ وتہ کیاہ تام ووٗگتہ' سوٗرپے کاروان گو رکیتھ تہ أتھی منز پیہ شبن جیس ٚتس پیٹھ نظر' سہ أسی آسہِ برونہہ گز پانژھ داہ مرہ ' أکس لاغر تہ کمزور روٗتہ گمتِس گوٗس پیٹھ چاوہٕ سان بہتھ أنہ کھہٕڈاہ اتھس کیتھ رٹتھ لپ اِسٹیکہ سییتی پننی ووٹھ ووزلاونس منز بیہ آکہ لٹہ مشغول۔

" میہ ووِنمو و نا یہ ہا چھہ پھتہ پھتہ ؟ کتہ بوزس مِیون تبیے گریٚ دِیس لر ' فٹہ ساسِ زہٕ ڈھایہ یلہ بوٗن گژھہ نارس منز' پانے نیرس سوٗرپے فیشن پیشن ' وونیٚ ونہ ہوو کپأریٚ۔" شبنٚ جی اوٗس نار

ژاپان تہ میہ ووِن لوتی اعجازؔ بانڈیسِ،
" یہ کیا با گوژھ نہ أمس گُرس زیر کُرِن۔"
" ہتا کُھمچہ کریس ہرگاہ موقعہ ییس۔" اعجازؔ ن
دِیت جواب۔
سانہ کتھہ کنَ دِنہ ورأیی تروو، شعفہؔ صأبن ہنگہ
تہ منگہ زیوٹھ ووشاہ تہ پتہ ووتھ پأنی۔پانس
سییتیۍ
" رُب گوژھ رحم کُرِن، نب چھُ سخ بتھی پھِیر۔"
" مطلب ؟"
" مطلب یہ زِ شیش ناگ پیٹھہ واوجَن تامتُک یہ
سفر چھُ یاترایہ منز سارویے کھوتہ زیادٕ ووکھہ،
مُشکل تہ خطرناکماننہ یوان۔ سطح سمندر پیٹھہ
پنداہ ساس فٹہ تِہ زیادے تھزرس یتھ جایہ کر تہ
کمہ ساتہ کیاہ سپدِ تہ چُھنہ کأنسہ پے آسان۔
پیٹھہ چھہ الہ پلہ ووِنہ شیہ کلو میٹر یتھی، شہہ
ژھوکناون والہ سفرکی۔" شعفہ صأبؔ اوُس تجربہ
چہ بنیاذ ی پیٹھ ووِنہ پننین خدشاتن ہنز ویژھنیی
کران زِ واوجَن شُریو۔رودہ کٹھہ کارن تہ واو
طوفانن ووِل سأرسیی یاترایہ نال، زُو لرزہ لگی
انسان کیو حیوان شُرکنین آژنہ۔ أکِس جایہ گیہ
ڈانجہ والِن کِھر ی تہ اکھ مردیادم یاتری آو بُون
ورِکاونہ، گُری جوراہ گیہ دِچھنہ کنہ کِس نارس منز
کھوفرِ طرفچہ بالہ کھنگرِ پیٹھہ گیہ زمین رُڈٕ تہ
تِتھی سیتی آیہ شہتیراہ بُون لاینہ۔ پریتھ طرفہ
ہیژن
ودن کریکن تہ نارٕ چیخن سییتی ہر ہر مہادیو تہ
بم بم بھولے چہ آوازہ گریزنہ۔ أسی أس لتھہ کھو
کھرِ پنچ ترنی ہنزہ مرگہ کُن پکان زِ شُبنؔ جی گو

ژھینہ ۔
''کوتۍ سا گو یہ چأری بلایے؟ ''
'' ووٚنی نا گوژھ نہ وأری‌دات کانہہ کٕرن؟ '' اسہ
او'س أندری تشویش ۔ پنٛج ترٛنی وأتیتھ گیہ
موسمس متعلق شعفہؔ صأبنی سأریی اندیشہ تہ
وسواس حقیقتس منز تبدیل ۔ اتہ او'س کٕھرام '
ٹیٖرہِ ' رودس تہ شینہ طوفانس منز ہنہ آمتین
یاترین منز او' س نصف درجناہ ہلاک سپدٕمت ' أڈی
ٹیٖرہِ س یتی شیٹھنہ کِنی تہ أڈی‌تَب دٕرسی لگنہ
سییتی ' وارِیاہ آڈٕ زٕمتی أس حیات و موت کِس
کشمکشس منز مٕبتلا۔ ٕپلسہ والین' میڈیکل عملس
تہ دویمن اہلکارن سیتی أسی ووٚ نی شعفہؔ صاب
' اعجازؔ تہ ہ تہ رِضا کارن منز شأمل سپد متی'
ہیوٚتؔ کنی او'سن شٕبنؔ جینہ لاپتہٕ آسنک مسلہ
رژھہ رژھہ تشیوش ناک ہیوتمت بنٕن ' سأنِس
وننس پیٹھ او'س ووٚنی انفارمیشن محکمہ کِس
لاوڈ سپیکرس پیٹھ مختلف اعلانن دوٚران پہلوانؔ
شاہ ہندس ناوس ہیتی ہیتی شٕبنؔ جین ناو تہ
ہینہ یوان۔
''ہیلو ہیلو ..یاتریوں سے درخواست ہے کہ وہ
گبھراہٹ میں کویی بھگدڈ نہ مچاییں ' حالات سے
نمٹنے کے لیے تمام کوششیں کی جارہی ہیں' ہیلو۔
ہیلو۔پہلوانؔ شاہ اور شٕبنؔ جی جہاں کہنیں بھی ہو
ں ' تمی کٕرن فوری طور اسہ ہیتی رأبطہ
قأیم۔۔ہیلو ہیلو یاتریوں کو یہ بھی اطلاع دی جاتی
ہے کہ۔۔''
کریکہ ناد تہ کٕھرامہ کِس أتھی ماحولس منٛز چھہ
گأ نٹہ کھنڈی کنہہ گٕری وألی تہ ٕپلسکی اہلکار

اسہ برونہہ کِنی کھنزیٚ تام میت پکناوان تہ بڈِہ
بڈِہ پران ' " لاَ اِلٰہ اِلا اللہ ' لاَ اِلٰہ اِلااللہ"
أسی لگی اکھ أکِس کُن حیرانگی سان وچھنہ ' میہ
پروژ ھ حولدار سیف الدینسّ زیہ کُس؟
"پہلوّان شاہ حض ' مران مران تہ بچأون تریہ زٕنی
جنت گارن' ہمیشہ اُوسس خدمتِ خلقک جنون '
پزیٚ کِنی او'س سمأجی کارکُن ۔ أہندہ بغأریٚ نا
حض ییہ نہ یاترایہ وونی سٕہ مزٕہ' ۔" پہلوانّ شاہ
تہ تسنٕدس یتھ کِنی مرنس پیٹھ او'س آسہ ووِنہ
پٕنٕن کانہہ ردِ عمل ہاونیے زٕیتی کِنی گیہ شُبن
جینی کریکھ'
"ہتا خودایے سٕندِہ پاسہ بچأوتون یہ پھتہ پھتہ
پچأریٚ' ووِنہ ہا چھُس شہہ کھسان ' یہ ہا مرہ بھابی
ہِند مرنٕ۔"
رٕہ رودس منز لتھہ ناونہ آمتِس شُبنّ جیس أس
کرہینی کٔٹہ کال ہٕش لِپ اسٹکہ واچِینیٚ' پھتہ پھتہ
نیم مُردٕ
حالژ اندر کوچھہ منز تہ اسہ سٕیتی فسٹ ایڈ
کیمپس کُن پکان پکان او'س سٕہ بار بار ونان۔
"یہ ہا أسی ہُوو' رٕ ہُوتھ نارس منز پیمژ پچأریٚ ' ہیا
یہ ہا چھہ معصوم ' ینا أمِس گژھہ کنہہ پچارِہ؟"
()

# ژوبہ روزگاراۂ

پٹنہ پیٹھہ کلو میٹر ہتھاہ چھُ پستھ مظفر پور تہٕ أتھی مظفر پورس نکھہ چھُ آباد اکھ تأریخی بازار حُسن' مأنتوو یہارکُ تاشوان' چترُج استھان۔ یہ جایہ چھہ ہندوستان کین دویمن موجودہ ریڈ لایٹ ایریاہن نِش وارِیاہ مختلف تہٕ پڈس حدس تام چھہ اتھ مُشاہبت کمال امروحی سٕنزہ فلمہ' پاکیزہ منز پیش کرنہ آمتس ماحولس سیتی۔ زہٕ ترہٕ کلو میٹر زیچھہ سڑکہ دٕچھنی کھو فری چھہ زہٕ ڈھائے ہتھ کوٹھہ آباد۔
یمن اکثر کوٹھن چھہ 'یمی' بائی (موتی ہاری والی ' لاڈلی عرف ایشوریہ رایے' تہٕ آسماء جان' اینڈ پارٹی '' ہیوی بورڈ اویزان ( یمن بورڈن پیٹھ چھہ ٹیلی فون نمبر تہٕ درج)۔ سڑکہ ہندس ہیرمِس اندس پیٹھ چھُ قدیمی زمانُک اکھ شیو مندر یتھ ہیندن سیتی سیتی مقأمی مُسلمان تہٕ سخ احترام کران چھہ۔ نوٹنکی ٹایپکس لباسس منز چھہ آتہ پررت کرتھ پانہ تھوکہ چھکن وألی سارنگی تہٕ طبلچی تہٕ سڑکہ اُرہٕ یور کران نظرہٕ گژھان۔ کوٹھن ہندین دروازن تہٕ براندن سیتی گنڈتھ ژھاوجن ہندس میاو میاوس سیتی چھہ کُنہ کُنہ ' اِس انجمن میں آپ کو آنا ہے بار بار' تہٕ تھاڑے ہیوو ---' ہیوی فلمی

بأتھ تہ ووتلان ۔ بندوق بردارن ہندس سایس منز '
جیپن تہ موٹر کارن منز سوارآسن والی( بہاری
سیاستدان' تھندی شری تہ مافیاء) چھہ اکثر آمہ
بازرکی چکر لگاوان تہ ضرورتہ مطأبق تہ سیأسی
موسمکہ حساب یتہ پیٹھہ زوٗل مالہ ہیتھ روانہ
سپدان ۔ ہمہ پتہ الیکشن کارنر میٹینگن' عوأمی
جلسن' چھٹ پوجایہ ہندن مألن تہ سرمایہ دارن
ہندین کھاندرن کھوندرن منز شلپاشیٹھی ہندہِ آیہ
نژن ڈالہ دِوان دِوان ' ہمہ کمانس گتہ گیرس چھہ
گندان ۔

''دِل والوں کے دِل کا قرار لوٹنے میں آئی ہوں یو پی
بہار لوٹنے۔'' یہوے چھہ ' چتر بج آستھان۔

یہ اوسس چتر بج استھان زینتؔ بیگم ناوچہ أکس
پیشہ ور طوایفہ انٹرویو کرنیہ آمت ' یوسہ کینژو
وریو پیٹھہ یتچن طوایفن ہندین شرین تألیم دینچہ
کوششہ منز لگتھ أس۔ مظفر پورہ کِس مقأمی
سوشل ورکر شاستریؔ جی سندی دِسی أس
اِنٹرویو تہ شوٹنگ متعلق تمام معاملات طے مگر
عین موقعس پیٹھ سوزی زینتؔ بیگم شیچھ زہِ
آسہ پیہ خألی اتھوو واپس نیرون تہ کیازہِ کِتھی تام
پأٹھی چھہ ریڈ لایٹ ایریاکین سرغنن سانہ
ینچی خبر وأژی مژی تہ یمی چھنہ کُنہ تہ قمتس
پیٹھ پننین کرتوتن ہنز فلم ہندی کرناوینی یژھان۔
شاستریؔ جی سندی دِسی اوس آسہ یہ تلقین تہ
کرنہ آمت زہِ أسی آژو نہ چتر بج استھان علاقس
اندر قطعی ' تہ کیمراہ ہوٹلہ منز نیبر کڈنک چھنہ
سوالیے۔ یہ اوسس یہ گوڈیے زأنتھ زہِ چتر بج
استھان کِس رنگہ ڈھنگس پتہ کنہ چھہ بہارکی

تمی تمام مُجرمانہ ذہانتکی طاقتور سیاسی کھڈ
پینچ' یمن اتہ چہ زبأنیمنز " با ہو بلی " ونان چھہ۔
پہ اُوسُس یتہ زانان زٕ ہ یژھن جاین چھہ عام
بدمعاشن تہٕ غنڈن ہنزہ مومولی سویتہ تام دیسی
کٹہٕ یعنی پِستول ہیتھ پھیران آسان مگر امہ باوجود
دراس پہٕ پٔنن کیمراہ کریو Crew ہیتھ مظفر پورکہ
ست کار ہوٹلہ منزِہ تہٕ ووٚ تُس چترٕ ہج آستھان کِس
بازرس منز۔
آسہ یتن گاڑی کھڑا کری تتین آسہ ڈٕچھنی
کھوفریدارین ' دروازن تہٕ برآندن پیٹھ گُلبدنیے
گُلبدنہٕ تہٕ حأران کُن کتھ چھہ یہ زِہ یمن منزِہ آسہ
اکثر بازارو میک آپ ویغأری تہٕ پلوو دٔلوو تہِ أسکھ
ٹھیک ٹھاک تہٕ قیمتی لأگتھ ۔ رژھا برونہہ پھن أسی
عمر رسیدہ زناناہٚ نالہِ تٔمس نکھہ گھاسہ چار پاوِہ
پیٹھ بہتھ پالک ژاران تہٕ منزہ منزہ پننہ بوتلہ ژکہ
ہیوِہ عأنکہ منزی اِسہ نظراہ کران تہٕ پأنی پانس
سٕیتی آسان۔
کیمراہ مین تہٕ دویمی ٹیکنشن تھأو میہ گاڑہ
منزیی تہٕ پانہ گژتھہ سیوُدیے تہٕ یہہ تہٕ أمس اُڈور
زنانہ نِش
تہٕنزِہ چارپایہ پیٹھ ۔ تمہ کری عجیب اسنہ ہنا تہٕ
پننہ عینکُک فریم ٹھیک کران کران وژھی میہ کُن
اعتمادِہ سان'
''تم جو کھوجنے نکلے ہو میاں وہ اِس بازار میں اب
کہاں۔''
میہ آو نہٕ بِلکُل تہِ سمجھ زِہ تٔمہ کیاہ وٚنن؟ مگر
یمہ برونہہ پہ کرِہ ہا تٔس کانہہ سوال سہ گییہ بیہ
شروع'

''انگریزوں اور راجا مہاراجوں کا زمانہ ہی ٹھیک تھا'
کوٹھوں اور طوایفوں کے قدر دان ہوا کرتے تھے '
جنھیں فن کی ' فن کاروں کی پہچان تھی' اِس بازار
میں جسموں کا کاروبار نہیں ہوا کرتا تھا تب۔''
تمہ دِ یُت ہٕ میہ وٗونہ تہٕ وننہ کہنی ' رژھہ کھنجہ
روز میہ خألی نظرو وچھان ' ووشاہ تروٗن تہٕ
پتہ وژھی لوتٕ لوتٕ'
''جب یہاں بجلی نہیں تھی ' روشنی کے قمقے نہیں
تھے ' موٹر گاڑیاں نہیں تھیں یہ موٗے ٹیلی فون
نہیں تھے یہاں ایک نفاست تھی' نزاکت تھی ۔
کوٹھوں کی ٹھاٹھ تھی' چاہنے والے ایرے غیرے نہیں
ہُوا کرتے تھے' اُنہیں سُر تال کا گیان ہوتا تھا' تھاپ '
ادا اور لچک سے واقعف تھے وہ لوگ ' اور پھر جب
ہم جوان تھیں کوسوں دور تک شُہرہ تھا ہمارا'
اصغریؔ خانم کا ' لوگ ہماری کجری' ہماری ٹھُمری
کے عاشق تھے' بِرج کی بھاشا میں گاتی تھیں ہم۔''
وارہٕ وارہٕ ہیٚتن تسندِس بُتھس تہندہِ شاندار پتھ
کالچہ زورہ ہندی شمع آکہ دزٕنی تہٕ أتھی
زوٗلس منز لأجیہ تمہ گنگراریے'
''موٗہے کاناؔ جو آیے پلٹ کے ' آب کے ہوری میں
کھیلونگی ڈٹ کے
گاریاں میں نے رکھی ہیں رٹ کے ' آب کے ہوری میں
کھیلو نگی ڈٹ کے ''
اصغریؔ خانم ہنز ی گنگرایے واتنا وہِ ہا میہ رادھاؔ
یہ ہُند مالُن برسانا نتہ گوپیین ہِش ورنداون زہِ
أتھی منٛزیہ میہ تِس پیٛٹھ نظر ' وأنسہ آسہ ہا 25
یا 26 ہیو ۔ قدہٕ تھودٕ تھودٕ ' اتھہ کھورہ مظبوط '
پیٹھہ نَستہ خَنجر ' سہ اُو' س نُورٕ تہٕ صاف پأٹھی

کأشُری لبنہ یوان ۔ ییٲرک چترُبج آستھان تہٕ
کأشُری؟ پہٕ گوسٕ غوطن۔میہ ترأوی اصغری ؔ أتتھی
تہٕ لُو گُس اَمِس پٕر اسرار کأشرِس پتہٕ۔ کنہہ عمأرژِ
پتھ کُن
ترأوتھ یتھوۍے سُہ أکس ژور طاق کوٹھہ چہ ہیرِ
کھوت پہٕ کھوتُسس پتیۍے۔ ہیرِ پاوین تہٕ تر یشونی
پُورِ کین دروازن پیٹھ آسہ واریاہ سوندر مالہ زنتہ
سأنِس استقبالس مگر کأنسہ آکہ تہِ کرِی نہٕ میہ
رُکاونچ یا میون توجہ پانس کُن پھرنچ کوشش ' یو
تام پہٕ تَس پتہ پتہ ہیرمہ پورۍ کِس وٕٹس منز
ووٹُس ۔
سِہ منز وٕٹِس او' س سِٹو وس پیٹھ بوڈ نونہ چایہ
پتلاہ گریکھان ' تتھ دِچھنی آسی ژنی جوراہ أکس
پڈس ٹینہ صوندقس منز کھتام ژھانڈان ۔ یکلخت
دیژی تِمی پوت نظر تہٕ میہ وچھتھ کھیہ وونی
تریشویۍے کھریکھ ۔'
''حکم ؟ '' میہ چھنہ پتاہ زِ یہ پرُوژھا تِمی میہ
کأشری پأٹھی کِنہ اردوہس منز مگر میہ یتھویۍے
تِمن پنٕن تعاُف کأشری پأٹھی دِیت تِمن زنتہ رأو ی
خبر کتھ مالس گریند ۔رژھ کھنجہ ہِندِ کینفویژنہ
پتہ آو میہ سمجھ زِ کُو لگام یارِ پو رِیک محمد امین ؔ
چھہ پننی دویمی سأتھی ہیتھ واریاہ کالہ پیٹھہ
چترُبج آستھن کأشرین شالن ہِندس ناوس پیٹھ
امرتسری مال ہیتھ یوان ۔
''یتہ چھا کأشرین شالن بیژھاہ منگ؟ '' میہ پروژھ
محمد امینس ؔ تہٕ تسندی أکی سأتھین(بڈی ہیوی
أکی) دِیت جواب'
''یتہ نا حض کنہہ تہِ مگر أسی چھہ یتہ پیٹھہ

طرفاتن پھیران ' مدھو پنی ' موتی ہاری ' رکسوو'ل' أسی کۆت ہٕ چھہ واتان۔''

'' چٕتر ہٕ آستھان ہشہ جایہ ڈھیرٕ تھوونٛک کانہہ خاص وجہہ؟'' ہٕ زنتہ او' سٕس پلسہ' تِمن ووشلییہ کَنہ پھیڑٕ تام ' مگر محمد امیننیؔ دویمی سأتھین ( کأنسی ہیوی أکی ) کھوجی زیو '

''ہے وونی حض ونوبے أسی صافیے' یتہ چھی أسی ٹھہران صرف لال صأبنیؔ کِنی' مألی ہندی کِنی حض۔

اَمِس چھنا یمہ سارے یتہ مرید۔''

أتھی سٕیتی ژھۆن ہٕمی بتھہ کَنہ کِس کٕٹھس دراوزٕ ووتھ ' ژٕوخا نٹل ٹوپیاہ دِتھ اوس آڈ ور شخصاہ اِسلام بأدی گبس پیٹھ بہتھ ۔ پانس بروٕنہہ کَنہ ہچیو پیٹاہ ' مِیلہ دواتاہ ' نَر کأنی قلماہ رٹیتھ تعویز لِیکھنس منز مصروف۔ میہ کُن آسہ وٕنہ ہونجہ نظراہ کرتھ وٕنن پأنی پانس سیتی'

''توبہ روزگاراہ ! بیہ نہ کنہہ۔ ''

()

# مۄژی

أسی آسہ ہیو او'ٹھمہ یا نیمہ جمأژی پران یلہ سُہ
ہنی درایہ تہ وچھان گیہ پورہٕ محلس پلکہ
پورہٕ علاقس منز 'نامور '۔وأنسہِ کینی أس سُہ وری
زہٕ 'ژور آسہ زیٹھی' شکلہِ تہٕ رنگہ ڈنگہ کِنی
مأنتوون تیژھی زہِ اکہ لٹہ وچھنہ پتہ باسہ ہا نہ
تَس کُن دوبارہ وچھُن ضوروری ' ووں گو یوڈ ویے
تسنزہِ چالہ ڈالہ اِنسان سَنہ ہا ادہٕ ترہِ ہا فکرہ زہِ
کُوستام رانڈہٕ بلایاہ چھہ برونہہ کَنہ ۔ یہ شو نکھ
پأٹھیی صیحی' عام سُود سادہٕ انسان تہِ کرہِ ہا
تَس ہیرہ پیٹھہ بون تام سام ہینچ کوشش ۔ زیٹھی
مس لٹھی جوراہ برونہہ کُن آویزان تھأوتھ ترأوہِ ہا
سہٕ ' تَس کُن وچھُن وألس ہٕررتھ تیژھ نظراہ زہِ سہ
کھیہ ہا خوف تہٕ سہٕ نیرہِ ہا پانہ بڈہِ ہٹہ گیون لہراہ
تُلِتھ تَس بُرونٹھی کِنی۔ نتہ دِیہ ہا لیکھاہ کہٕڈتھ '
وَتہ پکونہ آوارہٕ گأوی' گُرس ' ہونیس حتاکہ بجلی
کوٹِس لتھاہ دأرتھ۔
وتہ پکان پکان بڈہٕ بڈہِ فِلمی بأتھاہٕ گیونُک او'س
تس پنُن اکھ الگ انداز ۔ وندس منز یلہ سُہ پھیرنہ
أند ری' پتی کِنی کانگراہ ہٕٹیتھ آسہ ہا ' تسُند یہ
انداز او'س بیہ ہن تہ خاص بنان۔
سُہ أس پوتٕ محلہ کِس أکِس عام متوسط طبقہ
کِس گھرس منز زامژی تہٕ ژون بنین بھاین منز أس
زیٹھ ۔ شروع شٕ روعس منز یلہ تمہِ سٕرہٕ لونٔگ
ترأوتھ محلہ کین ہٕڑکنٕ سیتیٓ پھیرٕن تھوٕن ہیوٕت'
کانسہ أکی تہِ کوڈٕ نہ بروڈٕ مگر پتہ یلہِ تمہ ہٕڑکن

ہیتی پونسہ گُتہٕ تہٕ بانٹن تہٕ گیونڈُن لو'گ بانہ
ہ تس ہیوتن ٹھاندہٕ ہتھ تھود وتھن تہٕ عأسہ ہتھ تہٕ
گو یلہ۔
'' توبہ توبہ ! اَمِس کورہٕ موہنویس نہٕ چھہ شرم تہٕ
نہ حیا ' کوندہٕ بھرنی لایق چھہ۔''پتراتن ہیژہٕ باکہ
ژھٹنہ۔
''پیٹھے بانُک اولاد' خبرکتہ کتہ چھس ماجہ تشہ
مژرنے؟'' یہ اَسی اکثریتچ رایے۔
''اَمِس چھہ ووِیسی پادشاہ سنزی نظر ' دِل پھٹتھ
ہیے مول موج تور گژھہس۔'' یہ اوس کینژن ہند
گُف۔
مألی ماجہ کرہٕ کھیایہ لٹہ تسند وطیرہٕ بدلاونہ
باپت تس پیٹھ مختلف طریقوو سختیہ ' کتھ کرنی
تراوہس' کھین چین کورہس بند ۔ بیأری کأنی پتہ
کنہٕ چہ کوٹھرہٕ منز تھأوکھ دوہہ وادن قأد ۔ ریتہ
وادن ٹھوکی ہس کھینس چینس ہیتی تعویزہ مگر
یہٕ سود ۔ تسنزن حرکتن تہٕ مزاجس آیہ نہ کانہہ تہٕ
تبدیلی بلکہ اَس سُہ دوہہ کھوتہ دوہہ زیادیے
کھہرینہ کھسان۔سُہ نیرہٕ ہا صبحہأیے کھرانٹن
ہندی پأٹھی بأتھاہ گیوان گیوان یا سِٹیاہ وایان
وایان گرہٕ تہٕ روزہٕ ہا شام تام ہٹرہٕ ہٹرہٕ پھیران ۔ ژون
محلن ہندین شرین ( لڑکن) ہیتی مسایہ ژٹان'
جھگڑہٕ کران ' پونسہ گوتہٕ ' بانٹن ' فٹہ بال گندان تہٕ
پنن یہ تکیہ کلام زہٕ '' گژھو گژھو کِھینی ہا وسی
''ونان ونان گیہ سہ جوان ۔
تہٕ وونی اَس سہ باظأبطہ پأٹھی تہٕ ننہ وان
سِگریٹاہ ویگریٹاہ تہٕ چیوان تہٕ مِحلس منز ژھایہ
ہول لگن واجنین زأری ڈپھرین منز بہتھ مونگہ پہ تس

تِہ گِنداں۔ یتِھن شُغلن دوران یلہٕ تَس کأنسہٕ غولامہٕ آردابس ؑ، ہِتی کلس ؑ یا نذیرہٕ ژلچس ؑ سِیتی کانِہہ تضاد پأدہٕ گژھان اوٗس سہٕ أس نہٕ تِمِس بد رد وننس تہٕ چیپھ ژھننس تِہ کانِہہ وابے وچھان۔ تَمہٕ اوٗس پننہٕ تکیہٕ کلامہٕ "گژھو کِھینی ہا تَوسی "

منزہِ کِھینی لفظہٕ بدلہٕ اکھ دوٚیِم لفظ تِہ استعمال کرُون ہیوٚتمُت۔

"آرداباہ ؑ ماجہٕ ہنزہٕ آڈہ نیَے اَڈیجہ پھٹراویے۔کھرہِ ہِہرہٕ، ژیہٕ چھیے رایے پہٕ تِہ چھس فاروق مِکیے ؑ"۔ لڑایہٕ دوران لاگہ ہا سہٕ چھأرمہٕ آسمانہٕ کریکھہ دِینہٕ۔

یتھن موقعن پیٹھ أس سہٕ پننس مدِ مقابلس نالَس تھپھ ژھننہٕ پتہٕ، ٹھولہٕ ہنا دأرتھ دِوان، کھاسرہِ کانگرہِ ٹاسا ہ والان تہٕ باضے ژوٚپی ہنا تِہ ہیوانیی۔ سہٕ ہٕ مہٕ ہا تیلیی یلہٕ یا تہٕ تپأری رجب ؑ کاکس ہیو کانِہہ محلہٕ زیوٗٹھاہ ؑ پکِہ ہا ننہٕ کرہِ ہا بیوٗر ؑ رٹہٕ رٹھ۔ پہٕ ونہٕ۔۔پہٕ ونہٕ بوٗر ؑ کُس گو!

لڑکن ہنزہِ یتھ جمأژی منز سہٕ وتھان یہانٛ أس تتھ منز اوٗس تہنزیے وأنسہٕ ہُند کاژراہ اکھ، یس تِمِس دور دراز کِہتتام رِشتہٕ دار تِہ اوٗس ۔ أمس أس سأریی ( سأریی مطلب أہندس پننس مألِس ماجہ سان) بوٗر ؑ، بوٗر ؑ ونان۔ یہٕ اوٗس سیٹھاہ کم زبان، ووٚن گو یلی أچھ آسس ہمیشہٕ زوتان آسان تہٕ وٹھن پیٹھ أسس اکژ آسان آسن رکھا ہ موجود۔ یلہٕ تِمی بانٹہٕ زارس یا تاٹہٕ پٕٹین گِندِہن، بیوٗر ؑ روزہِ ہا ژھوپہٕ دوٚپہٕ کرتھ محض تِمن تماشہٕ وچھان، دراصل أس نہٕ تَس یژھن دربدرین سیتی کانِہہ

خاص دِلچسپی' وونی ہرگاہ یار أندرس ' ٹالہ
کوچس یا پوٗتلی باغس منز تِمی فُٹ بال گیندنہ
بیہن ' بُبور لاگہ ہے پوٗرہٕ جوش و خروشٕ سان
پننی کرتب ہاونی۔ سہٕ یلہ لڑکن سٟتی فُٹ بال
میچ تھوہِ ہا أکیں گولس أس أٹھ آنہ یا روپیے تہِ
پیٹھہ لاگنہ یوان ۔ سہٕ کڈہِ ہا پریتھ ساعتہ لڑکوٚ
منزہ ژأری ژأری پنینہ طرفٕکی بأ جی ' تہٕ بُبور آسہ
ہا ہمیشہ تسندن باجن منز شأمِل۔
میہ ننویوٚو وارِیاہ ژیری زہِ دراصل أسی لڑکہ لڑکہ
پانہ وأنی أٹی کٕرتھ یمن فُٹ بال میچن دوران تٔڈہٕ
کری کری تَس ٹھیکٕ ٹھاکھ مال کھیوانٕ تہ پَتہٕ ژورہِ
ژورہِ تِمی پو نسہٕ بُھوری کدلہ سیکہ تُجن پیٹھ
خرچان' دلچسپ چُھ یہ زہِ یمن منز او'س بُبور تہِ
شأمِل آسان۔
تہٕ وونی أس سہٕ وِأنسہ ہٕندِس تتھ مقامس پیٹھ
وأژی مٕژ یتن تَس مَس پأراو ہن ' مأنزاہ لاگہ ہن تہ
بھرِہن ڈوٚلہ ' مگر کَس؟ سہٕ نہ أس عِشقیی تہٕ نہ
مشکیی۔ تَسندٕ رح رکان وٕچھتھ ہکہ ہا شک گژھتھ
زہِ لڑکہ چھس پانسیی ہیوی باسان خبر کورین منز
ما آسیس دلچسپی ؟ مگرٕ نہ ' عشقہ ماشوق کِس
معاملس منز أس سہٕ موٗننزاہ تہٕ پاک ' پلکہ ہیکہِ ہا
نہ تَس تھی أتھ بارس منز کانہہ کلامہ تہِ سپدتھ
۔تَس أس یتھن معاملن سٟتی سخ نفرتٕ تہٕ ہرگاہ
محلچہ کأنسہ کورہِ یا لڑکس کانہہ یُتھ رٕحجان
وٕچھہ ہا سہٕ پرہِ ہاٗ لیکہ فاش تہٕ دِیہ ہا خبر کتھ کتھ
ٹھوو'نس۔ میہ چھُ وارہ ژیتس زہ تہٕندس گرہِ نیبرہٕ
کنہ او'س اکھٕ سرکأری تَلکہ ' دوٚہا اکھ بنیوو زہِ
محلچہ کورہِ جوراہ آسہ اتھ تَلکس پیٹھ بانہ چھلان

زہ آ پأری آیہ ووپر محلکی جوان جوراہ' تہٕ نیووکھ
یمن کورین کھتام ڈایلاگاہ مأرتھ ' تتھ پیٹھ آسہ ہا
یمنِ کورین ووِنہ وٕتھن کُمجار گژھنیے زہِ تَمہ نِیہ
آٹم بہ مکی پایٹھی تریمہ پورچہ دارہِ کِنی کانگری
ٹھأستھ ۔ جوانوٕ کڈی کُنیے ٹِکھ' آمہ پتہ وٕژھی سہ
دوران دوران بٕون تہٕ نیین ہمسأیہ کوٗرین مَستہ
ہٕتھ کھکھراہ دِتھ۔ یہ اوٗس ووٗنی سہ دور یلہ
محلس منز تَس '' رانڈہی آسنُک'' شرف حأصل
اوٗسِ سپدٕمت۔ تَمہ أس تَمہ جلوسچ قیادت تِہ
کٕرمژٕیس مہراج گنجہ پیٹھہ نیرتھ '' گاڑن ہٕند
بِیول خوداین گول'' نعرہٕ دی دی دلال محلہ پیٹھہ
واپس اوٗسِ پھیورمٕت۔
وارِیاہ کالاہ گو وٕ ' جایہ گنیر والین محلن منز آیہ
لرہِ لُہرأوتھ پرأنی کوچہ کُشادہٕ کرنہ ' نوہِ سڑکہ
بناونہ'
ماٹہ جایہ راوہِ ' شٕری گیہ بڈی ' جوان لِگی
روزگارچین تتہ پٕترین ' پٕوتلی باغہ ' یار أندرہٕ تہٕ ٹالہ
کوچِس
منز فُٹ بال گیندن والی أس ووٗنی زیادہ تر ٹیلی
ویژنس پیٹھ '' چتر ہار '' ووچھنٕیے پسند کران تہٕ
یمنیے دوہن گیہ میہ سہ بیأرس سِپتی گگرہِ بلہ
أکِس ریستورانس منز نظرہِ ' پہ روٗدس ژھایہ ہٕول '
تِمی أس کونہ کِنہ کِس أکس ٹیبلس پیٹھ اکھ
أکس سیدِ سِیوڈٕ یٕہتھ' چالہ ڈالہ کِنی أس سہ وونہ
تِہ تیژھیی ' مَس ہٕٹھی جوراہ بروٗنہہ کُن تہأوتھ ۔
بہٕنک سوٕیے رأنڈی انداز ' بیوٗر تِہ اوٗس تَمیے
انہارہ ' تِمیے زوٗتونہ یلی أچھ ' سوٕیے آسن ترایے ۔
دوشونی أس نہ کانہہ خاص تبدیلیاہ آمژ' ووٗں گو

آز او' س تَس اوش دیگنہٕ وسان تہٕ سہٕ أس بیأرسؔ کتھ تام پأٹھی ونان۔
" بیاراؔ سوٚریے ہا ترو' وٚم ' مانو میون ' کرو میہٕ سیتی کھاندر ' ما جہٕ ہنزہ آڈہ ہا کرناوتھ عأش۔"

( )

# میما شیما ماچھاہ واچھاہ

قد مسا مسا فٹہ ژومبرہء۔ وزن مشکلن کلو
ستووہ آٹھووہ مرہء۔ رنگ نہ کاژر نہ پرون تہ نہ
گیشوم۔ وآنسی ' پتموو ترہو وریو پیٹھہ آکسی ڈنجہ
ٹھہراو کرتھ یعنی صرف کونترہہ۔ تآلیم ' کریما بہ
بخشا ز بر حال ما۔ سیاسی رول ماڈل' مرحوم شیخ
محمد عبداللہ ' سہ تہ صرف اوہء کنی تہ کیازء یوہند
آبایی گرہ اوس مجاہد منزلس نزدیک۔ کیوم '
سیاستک مگر شغل کنہ تہ موضوس پیٹھ بحث
کرون تہ بحژس دوران بوریژوا نظامس کھکھر
دینی۔ خاب فرہنگی میما شمیا معشوق بناونی۔
یہ چھ تعارف سانیہ برادری ہندس دآیرس منز وری
وادو پیٹھہ اہم مقام تھاون وآلس سآنس اکس
خاص یارء سند۔ یس حَقیقَتاً نہ صرف دلہ کنی بلکہ
سیرتن تہ سخ معصوم چھ۔ تھآو تو آمس معصوم
سآبس ناو الف نون سآب۔
وری اوس شیتھ یا آکشیتھ ز الف نون سآبنی
مزازن کھیہ ہنگہ تہ منگہ اکھ عجیب تہ غآر
معمولی ٹرن۔ اردو زبآنی ہندس کآنسہ تہ شاعر
سند کانہہ تہ شعر علامہ اقبالس سیتی منسوب
کرن وآلی الف نون سابن لوگ مشہور رومانوی
انگریزی شاعر جان کیٹس سند مطالعہ کرون تہ
موقعہ بہ موقعہ پننین بحثن دوران باظآبطہ پآٹھی
تہندہ کلامک
اڈہءگور مڈہءگور حوالہ تہ دیون۔ یمنیی دوہن
چھیہ اسی الف نون سآب ہیتھ اکہ دوہہ چکراہ

کرنیہ گلمرگ گژھان ' اتہ سمکھتن اسہ کنہہ دوہہ برونہہ سرینگر کس تاو کیفے (Tao Cafe) ہس منز الف نون سابنہ عدم موجودگی منز سمکھیمژہٕ ترٕی فرآنسیسی ٹورسٹ بایہ ' پیٹریکا (Patricia)' کیتھی (Catherine)تہ مارتھا (Martha) ۔ ادہٕ کیاہ ! الف نون سآبنس بتھس ہیتن دآن پوش پھولنی ۔ یمہ برونہہ ز آسی دمہ ہیو الف نون سآبس یہند پورٕ تعارف تہ کرہ ہوس واضع ز بھایا یتھ نہ کنہ غلط فہمی ہند شکار سپدکھ ' یمن سیتی چھنہ اسہ تیوتھ کانہہ معاملہ ز ژیہ پھولنیے دآن' مگر سانیہ طرفہ یتھ کنہہ وننہ برونہی ترآو تمی معنہ بھرژ اسنہ ہنا تہ ونون لوتی '

" مردارو یہ آسوہٕ از تام اسہ بغآری کھیوان ۔ بحرحال ژھوٹ ہش اکھ چھوہٕ میآنی ' ماجہ ہند مرن ۔"

(ژھوٹ ہش اکھ آسی کیتھی یعنی کیتھرین ۔ یہ آسی قدہ تہ اتھہ کھورہ کنی بروبر الف نون سآبنی ہمشکل' ۔) بحرحال یہ ونیتھ لوگ سہ کیتھی کن تمہ اندازٕ وچھنہ ز پیٹریکا تہ مارتھایہ ژول یکلخت اسن کھنگالہ نیرتھ ۔

" ومید چھیہ توہیہ آسیوہٕ گلمرگ خوش کرمژ؟" یہ پریژتھ کرے یہ میہ سچویشن بچاونچ کوشش مگر کتھ سا قصص ' الف نون سآب اوس برابر کیتھی ہنزن آچھن منز غوطہ دوان' غوطہ دوان تہ دلہ منزی بابا رام دیونی آسن کران ۔

"Lets have some Kashmiri Kahewa. "

الف نون سآبنی دعوت ہیوک نہ کانہہ اکھ ٹھکرآوتھ تہ رژھہ کھنجہ پتہ آسی وونی آسی سآری

ہی ون ہوٹل کس ریستورانس منز بہتھ قہوہ
چیوان چیوان اکھ آکسند سوچ شغل تہ مزازء زاننچ
کوشش کران۔
پیٹریکایہ ہنز دلچسپی چھیہ یورپ کس ہمعصر
ماڈرن آرٹس سیتی ۔ مارتھا چھیہ کایناتکس پریتھ
کنہ چیزس منز جیومیٹریکل آکار لبان تہ تتھ تانترک
معنہ بخشان ۔ کیتھی چھیہ چارٹیڈ اکاونٹنسی
(Chartered Accountancy ) پران تہ آہندی کنی
چھ امہ خوشک مضمونہ ویغار دنیاہک پریتھ
کانہہ مضمون بکواس ۔ہوپاری چھ میانی پاٹھی
الف نون سابس آتھی مضمونس منز اتھہ تنگ
مگر کتی چھیہ اننی لہذاہ تراوء تمی کیتھی ہنزن
آچھن منز آچھ تہ اکھ اکھ انگریزی لفظ تلفظ کس
کنڈس پیٹھ کھآلی کھآلی گو شروع '

"Catherine Have you heard of Shiekh Mohd. Abdullah ? We call him Babai-e-Qouom,You know he was the tallest among us.He was born in Soura Srinagar on 5th of December in 1905"

کیتھی سیتی سیتی آسی وونی پیٹریکا تہ مارتھا تہ
کینفوز گمژز اما یہ کوسہ ترکآریاہ؟ ۔ آسی آس اتھو
تہ کھورو الف نون سابس ہاوان ز یہ کیاہ دندراہ
تجیتھ ژیہ ؟مگر کس تہ کیوتھ ؟ سہ رود خبر کآتس
کالس مجاہد منزلس ' کد سازش کیسس ' بڈہء
مہراجس تہ خبر کتھ کتھ گردان کران ۔ فرانسچین
وزہ ملن ہیژن آچھ گوبینہ تمو مونگ رخصت ۔
پیٹریکایہ کڈی چندہ منزہ اکھ لوکٹ ڈایری تہ دوپن
میہ یتھ پیٹھ لیکھتہ پنن ایڈرس ۔ کیتھی آس یہ
زانن یژھان ز اما کشیرہء ہندء کونگکی پآٹھی چھا
کشیرہ ہند ماچھ تہ اصل تہ مشہور ؟ الف نون

سآبن دیت نہ کیتھی ہندس سوالس کنھی تہ
جواب بلکہ رود تس تھلہ تھلہ وچھان اتھی منز
یتھوی میہ پنن ایڈرس لیکھنہ پتہ پیٹریکایہ ڈایری
واپس ہیژ پلناونی الف نون سآبن مور تتھ جونٹہ تہ
اکس صفس پیٹھ نیون پنن ایڈریس تہ درج کرتھ
تہ کیتھی کن تلی ٹارء وچھان ونن'
" And this is my address , always here for you "
' فار یو' وون تمی ہنا لوتی پھن تہ پڑھی بایہ سپزہ
روخصت ' تمن او'س امی دوہہ پگاہ دلہ روانہ
سپدن تہ دویہ دوہی آسکھ پیرسہ باپتھ واپسی ہنز
فلایٹ ۔ رب گواہ ' ٹوٹل معاملہ نیے سپد یوتویی
مگر الف نون ساب ....!
دویمہ دوہہ پیٹھیے ہوریہ الف نون سآبس
فرانسس تہ فرانسس سیتی جڑتھ پریتھ کنہ چیزس
سیتی دلچسپی تہ لوگن فرانسس متعلق مختلف
نوعیتک لٹریچر پرون۔ کینژہ دوہی پتیے یلہ ریگل
چوک کس ہالی وڈ ریستورانس منز کمی تام بنگلہ
دیش کس وجودس پیٹھ بحث تل الف نون سآب
گو شروع تہ تھکھ کڈون سیودیے فرانسسی
انقلابس پیٹھ ۔
" ہتا یارء توہی کونہ تآریخک مطالعہ کران '1789
منز یلہ فرانسک انقلاب آو یس پتہ 1799 تام ...... آ
1799 تام جآری رود تتہ کور نا لوکو جآرحیتس
خلاف اعلان جنگ' جیلن تہ سنگینن پیٹھ کرکھ حملہ ' مظلوم
قآدی ژھنیکھ جیلو منزء یلہ اتی آیہ سماجی تبدیلی تتہ' عام
لوکو کری ترقی ' آرٹسٹ ' مفکر' ساینٹسٹ گیہ پآدء ۔" تمی
ہیوت نہ چارٹرڈ اکاونٹنٹن ہند ناویے مگر کیتھی ہنز شکل آسی
ننی پآٹھی تہنزن آچھن منز امہ وزہ نژان۔ وارء وارء رٹی امہ
شکلہ تہنزن آچھن منز مستقل جاییے تہ کیازہ وونی اوس الف

نون ساب کنہ تہ جایہ کتہ باتھہ دوران اکہ یا بیہ بہانہ فرانسک ذکر اننان تہ اکثر میہ ژورء پاٹھی پریژھان آسان '

" کیا سا چٹھاہ ویٹھاہ ما واژی ؟"

یہ سلسلہ یلہ وارِیاہس کالس یتھے پاٹھی چلان رود اسہ کھوت زہر تہ نیو اکہ دوہہ کیتھی ہند فرضی ایڈرس لیکھتھ تہ کورس حوالہ ۔

Ms. Catherine
Emily Street,Mid Town , Sarse, France ,119

یہ ماجہ ہند گوبر کتھ پریژھہ ہا ' یہ املی اسٹریٹ کیاہ گو؟ سارسی کتھ شہرس چھ ناو؟ تہ کیازء ایڈرس رٹیتھ آس آمس

بتھس سیتی سیتی گونژھن تہ وونی دآن پھولیے لجمژ ۔

کینژہ دوہیی پتہ یلہ محکمہ ہارٹیکچرمارکٹنگ منز کام کرن والی اکی دوستن یہ شیچھ آنی ز الف نون سابن کیاہ ہیژہ تہندہ دفترءماچھس زء بوتلہ اکھتوی ونن سیلز مینس 'کیپ دی چینج ' آسی ہیتن غوطن گژھنی مگر یمہ برونہہ آسی کرہ ہاو کانہہ سدباب سہ گو غاب ۔ ہفتہ جوراہ گیہ نہ آو سہ صبحن کافی ہاوس نہ شامن کیلاش کیفٹیریا تہ نہ ووچھ سہ کانسہ اتھوارء دوہہ ہالی وڈ ریسٹورانسی منز۔ وونی ہیتین آسی پزی کین پریشان گژھنی ۔ تیار اوس ز آسی پیمہ ہاو تس گھرہء واتیتھ ز سہ پیو میہ ریگل چوکس منز بتھہ ۔ سہ اوس لباسہ کنی برونہمہ کھوتہ زیادیے پہن دروبہ دراو باسان ' چالہ ڈالہ کنی بیہ ہن فرنچ ۔ میہ وچھت ژجس اسنہ ہنا نیرتھ تہ ونن '

" پکھ سا از کھیاوتھ چکن کانتی ۔" یہ
اوس سیٹھاہی غار معمولی تہ ناقابل یقین ۔ اسی
وآت Tao Cafe
تہ رودی دوشوییے اکھ اکس معنی خیز نظرو
وچھان ۔ ووں گو میآنس بتھس پیٹھ اوس تجسس
تہ تسندس رویس اکھ عجیب سکون اکھ عجیب
چمک ۔ رژھہ کھنجہ ہنزہ پراسرار خاموشی پتہ وون
میہ تمی رازدآری سان '
" بھایا ماچھ ہسا سوز مییے ۔"
" کیاہ ؟ کوت ؟ " بہ ہیوتنس کلن ۔
" پننہ کیتھی ہسا ' فرانس ' سخ محنت پیہ
کرنی ' پنداہ روہہ وآتم ڈلس منز اکسی اکسی
ہاوس بوٹس منز ژھآر دوان ز تسندء شہرک کانہہ
فرنچ ٹورسٹ میلہ نا' ادہ راتھ صبجن کور خداین
چارء چاپری ین ہندس بوٹس منز اوس اکھ بڈہء
فرانسسی روزتھ ' تس یتھوی سہ ایڈرس ہووم
اسنہ ہنا آیس تہ دوپنم یہ جاییے چھیہ تہندہء گھرہ
پیٹھہ محض پانژھ کلو میٹر دور ۔ ادہء کیاہ
پشراوتس ماچھس زہء بوتلہ ' دپیومس ٹیکسی ہند
پونسہ دمییے ' مگر فراسیسی ' **کلیتاً** مونون نہ '
دراو خدایس حوالہ آدی ڈھایہ بجہ ہندس جہازس '
ژیہ چھویہ پتاہ فرانسکہ انقلاب پتہ آیہ فرانس کین
لوکن کنہہ زبردست تبدیلیہ ' انسآنی رشتن ہنز
معنویت تہ اہمیت آیہ تمن سمجھ ۔"
میہ ہیوک نہ کنہی تہ سمجتھ ز بہ کیاہ ونہ تس
تہ سہ رود خبر کآتس کالس فرانس فرانس کران ۔
( )

